# کلامِ

# مقبول امرتسری



تحقیق، ترتیب: ناجی منوّر

# مقبولؔ امرتسری

سُند

## کاشُر کلام

تحقیق ترتیب

ناجی منوّر

# مقبوٗلؔ امرتسری سُند کاشُر کلام

تحقیق ترتیب:

## ناجیؔ منوّر

قیمت:

ترٕے ہَتھ روپیہِ : (Rs. 300.00)

کمپیوٗٹر کمپوزِنگ: ارجمند احد

ناشِر

این اینڈ ایس پبلِکیشنز

# ترتیب

# سرنامہٕ

کانہہ نوٚ کتھ تحقیق چھُ گژھان، یمہٕ خٲطرٕ کرنس تہٕ پوٚز پزٕراوُنس چھُ وقت درکار
آسان تہٕ ژھونڈ ژھأرنے جأری روزِ، پزر چھُ دفن سپدان۔ ژرہ، پانژترہ ؤری
پیٹھٕ ووت مےٚ مقبول امرتسری سٕندِس آسنس تہٕ تسنزِ شأعری پیٹھ کینہہ نتہٕ کینہہ
لیکھان۔ کینہہ مقالہٕ تہٕ لیٚکھم تہٕ ''کأشرِ ادبک توارٟخس'' منزتہٕ آو تٔسند ذِکر یسلہٕ
پأٹھی کرنہٕ۔ مگر تتےٚ پیٹھٕ چھُ کأشرین ادیبن ہُند اکھ حلقہ سُتہٕ یُس مقبول کرالہ
وأرِس سٟتۍ عقیدت آسنہٕ کنۍ یا بیٚیہِ وجوہاتو کنۍ امرتسری سندِس آسنس پیٹھےٚ انکار
چھُ کران۔ تہُند گفت چھُ زِ یہ ہسأ اوس کرالہ وأری صأبٕ یُس امرتسرٕ کینژس
کالس بیوٚٹھ تہٕ بنیوٚ ''امرتسری''۔ تہٕ یتہٕ گوٚ وامی ناوٕ مشہور۔ مگر زبأنی زبأنی کانہہ
کتھ ونہٕ نس تہٕ تحریرس منزانہٕ نس چھےٚ زمین آسمانُک فرق۔ اتھ ییٚتس کالس منز
لیوٚکھ سأنۍ دوست سورگوأسی موتی لال ساقی یِنےٚ یوت امرتسری سندِس نہ
آسنس پیٹھ اکھ جُملہ یُس پروفیسر غلام محمد شاؔد سندِس میگزین ''وِتھٕ آگر''
(۱۹۸۷ء۔۸۸) منز ''ٹیوٚٹھےٚ ٹیوٚٹھ'' عنوانس تحت چھپیوٚ و۔ بیٚیو کتھو علاوٕ چھُ ساقی
صأب لیکھان۔

پتاہ چھنہ زِ کأشرِ ادبہٕ کِس توارٟخس کوسہ وُنہٕ وتھر گژھِ۔ مقبول کرالہٕ
وأری بنوٗ کھ مقبول امرتسری، خبر چھنہ رسوٗل میرس کر بناون کمرأزی''

اتھ جملس پیٹھ چھُ فاضل ایڈیٹر صاب فُٹ نوٹ لیکھان:

مقبول امرتسری چھُ اکھ حقیقت ، پوٗزناجی صائبس چھنہٕ خبر کینہہ تہٕ۔

تہٕ یہ کتھ چھےٚ بلکُل پزٕ زِ ناجؔی یَس چھنہٕ خبر زِ مقبولؔ امرتسری کُس تہٕ کتیُک اوس ماسوائے سٕہ کلام یُیمہِ چہ بنیاۓ ذیٹھ مقالہ اٗسی لیکھنہ یوان تہٕ یُس نہٕ مقبولؔ کرالہ واٗری سندِس کلامس سٟتۍ گنہِ رنگۍ واٹھ چھُ کھیوان ، یُیمیُک تفصیل بہٕ پننہٕ نِس لیکھنس منز وقتہٕ وقتہٕ دِوان روٗ دُس۔ کانسہٕ تہِ فنکار سُند ناو چھُ تیلی تسندِ مرنہٕ پتہٕ پھِرنہٕ تھرنہٕ یوان ییلہِ تسُند فن موٗجود آسہِ ، نتہٕ مرنہٕ پتہٕ کانہہ آسُن یا نہ آسُن چھےٚ ہشی کتھا۔ مقبولؔ امرتسری سِندِ ناوٕ یُس کلام موجوٗد چھُ اگر سٕہ کرالہ واٗرِس منز زاٗمتِس تہٕ روزن واٗلِس مقبولؔ نُے آسہِ ہے، اَسہ اٗس نہ کانہہ فرق۔ مگر ییلہِ بێیس جایہ روزن وول مقبولؔ آسِنچ شہادت میلان چھےٚ تہٕ تسند آسُن تمی وقتہٕ چو تحریری شہادتو سٟتۍ ثابت گژھ ، اٗسی کتھ ہیکو سوٗرے کلام اٗکی سندی ہے کھالتھ تراٗوتھ۔ اٗکِس تحقیق کارسندیٚن اخذ کری مِتیٚن نتیجن منز چھُ اوسبہ تہِ شکم روزان زِ تتھ ساٗری ہے مواد پیٹھ اکی وقتہٕ نظر روزنی چھےٚ سیٹھاہ مشکل کتھ یُس تمِس زیرِ تحقیق آسہ۔ کانہہ نوٚ قلمی نسخہ بدکڈنہٕ ورِ زِیا کانہہ پراٗنی شخصیت نتہٕ راونہٕ وقتہٕ چھُ سُے مواد پھِرنہٕ تھرنہٕ یوان یتھ تتھ سٟتۍ کانہہ واٹھ آسہِ ، مثالے مقبولؔ امرتسری سند کلام زیرِ بحث اننہٕ وِزِ پیوٚ واسہ تمی سندِس ہم نام تہٕ ہمکال شاعر مقبولؔ کرالہ واٗری سُند کُلیات تہٕ تمہِ سارِنےٚ کتابہٕ وُچھنہِ یمن منز تمن ہُند ذکر ہیکہ ہے اٗستھ ، مگر ۱۳۳۰ھ منز چھاپ گمژ محی الدین مسکینؔ سرایہ بلی سنز مثنوی یوسف زلیخا کتہِ

ہیکہ ہے دماغس منز ِتھ، ییمہِ ٚکس وجہہ تالیف، عنوانس تحت تسندِس ہمکال مقبولؔ باباسُند ذ ٚکر ِتہِ چھُ آمُت۔ ییتِس زمانس منز کوٚرنہٕ کانٛسہِ ادیبن یا ادب نواز دوستن ِتہِ اورٕ گٕن ظون۔

یہ قصہ برونہہ دویو منظوم کوٗرمت
بدرد و سوز کیٛاہ چھُکھ موکھتہٕ جوٗرمت
ہمو تم بأتھ وٗنی ہتی کیٛاہ چھِ سنگین
ہیکے کیٛا بو وٗنتھ، بے چارٕ مسکینؔ
یہ ووٗن محمودؔ گأمِن موختصر پأٹھی
پران تتھ راتھ دوہ چھی روبہ سندی ٹأٹھی
عجب عشقاہ ِتہٕ درداہ تمی چھُ اوٗنمُت
نگیناہ شوقہٕ چے واجے چھُ کھوٗنمت
دوٗیمی وٗنمت عجب شعراہ چھُ تازہ
چھُ دوٗلمت نازٕ رویس تازٕ غازہ
چھُ شعراہ رُت سُہ مُلّایانہ عألی
وَلے از سوزو دردو عشق خأنی
کوٗڈک مسودٕ یُس اوسُم سُہ نیُو تام
دپان مقبولؔ بابا چھے تمِس نام
تمِس خانہٕ چھُ اندر ''مونگہ ہامہ''
سُہ کھوٗٹ تمی روٗد قصہ ناتمامہ

دگر بارہ لیکھن پیوم با مشقت
ژلنٔی یتھ منز توٚے پٔیہِ پوٚر محنت

یمن شعرن منز چھُ ظٔہرا مسکیؔن صاٗبُن مطلب یہ زِ تمِس برونہہ چھےٚ محمود گاٚمی لیس علاوٕ مقبولؔ بابا ہن یہ مثنوی لیچھمٕژ، سُہ چھُ دوشونی شاعرن ہندس شعرس داد دِوان مگر محمودنِس اختصارس ستیٚ چھُس نہٕ برابری تہٕ مقبول بابا سنز مثنوی چھُس دردتہٕ سوزنِش خاٚلی باسےہٕژ توے چھُن پانہ تہِ قلم تلمُت۔ دوٚیم کتھ چھِ ےیتہِ زِ مقبولؔ چھُ پانہ تہِ مسکینس نِش ژھیوٚ نمت تہٕ توے چھُن وٚونمُت ''سُہ کھوٚٹ تمی''۔

منیٖر سرایہ بلہٕ (یم مسکیؔن صاٗب نیو واٗرث درومنزٕ حالے حیات چھِ) سُند گفت چھُ زِ تمن نِش اوس واریاہ موادیُس مقبولؔ امرتسری تہٕ مسکیؔن سندیٚن تعلقاتن مُتلق اوس، مگر سُہ مواد گو ۱۹۹۱ء رِکس نارٕ واٗری داتس منز ضایہ۔ امہ ساری بحثہٕ تلہٕ یہ نتیجہ کڈُن گژھہ نہٕ شاید غلط زِیوٚ ہے مونگہ ہوم ترالُک مقبولؔ بابہٕ گژھہ مقبولؔ امرتسری آسن یمیٚ سُند ذِکر مسکیؔن صاٗب سرایہ بلہٕ پنٕنہٕ نہِ ''یوسف زلیخا'' مثنوی منز کوٚرمُت چھُ۔ پروفیسر غلام محمد شادؔ صاٗبُن دعویٰ چھُ زِ تمن نِش چھِ مقبول امرتسری سُند واراہ شارٕ مواد موٗجود تہٕ تمن متعلق چھکھ ساٗرے زان کاٗری تہِ۔ اٗسی تھاوو ووٚمید زِ تم تراوَن سُہ سوٗرے مواد عنقریب بازرتہٕ فِل حال یہ کینژھا اسہ وُنستام دستیاب سپُد تہِ چھُ توہہِ برونہہ کنی۔

ناجی منور (کاپرن، اپریل 2003ء)

# مقبوٗل امرتسری

## {"پُرسان" منز}

1975-76 ء منز اوسُس بہٕ کُلیاتِ محموٗد گامی ترتیب دِوان تہٕ محمد یوسف ٹینگ صابنہٕ ترتیب دِژہِمژ کُلیاتِ مقبوٗل کرالہٕ وأری أس چھپتھ آمٕژ۔ یمنے دوہن دراو کلچرل اکادمی ہُند رسالہٕ کاشُر شیرازٕ یتھ منز گُلشن مجید تہٕ شفیع شوق نہٕ طرفہٕ "مقبوٗل کرالہٕ وأری سٕندِ ناوٕ اکھ مثنوی "پہلی نامہٕ" چھپیمٕژ أس تہٕ ایڈیٹر امین کامل صابن اوس اَتھ "اکھ تازٕ دریافت تخلیق" لیٚکھمت۔ بلکل یمنے دوہن آوے امی مثنوی ہُند اکھ بدل قلمی نُسخہٕ بدس یُس أڈہن گگرٕ وتہٕ اوس کھیوٚمت، مگر پوٚتُس اوسُس لیکھتھ:

تمام شُد قصہ چوپان بزبانِ کشمیری از کلام مقبول صاحب امرتسری........ باستدعاے سعادت پناہ حقیقت آگاہ میر مبارک شاہ ساکن موضع ہی وار، پرگنہ مذکوٗر......ربیع الثانی 1312ھ مرقوم شُد۔'

مقبوٗل امرتسری ناوٕ قلمی نُسخس پیٹھ ہُریہِ تحقیق ترلیش جادے پہن تہٕ ستی آو

بیا کھ قلمی نُسخہٕ بدٕس۔ یہِ اُس اکھ بیاضہِ ہن یتھ منز فارسی کیو کاشری پاٹھی نعت، منقبت تہٕ کینہہ غزل اُسی، یم مقبول کرالہِ واری ،محموٗد گاؔمی تہٕ ناظمسؔ علاوِ مقبوؔل امرتسری ینِ وٕنی متی اُسی۔ دوِن جاین مقبوؔل امرتسری سُند ناوٕ وُچھِتھ پٹھ مے یہِ گتھ ثقہٕ زِ یہِ چھُ گُستام تیتھ شاعریُس گُمنام چھُ تہٕ یُس گال کھاتس چھُ روٗدمُت گژھان۔ اُتھی وقتس دوران سمیہِ بیٚیہِ تہِ وار یاہ قلمی نُسخہٕ یمن پیٹھ درج کلامس مقبوؔل لیکھت دِتھ اوس مگر کُلیاتِ مقبوٗل کرالہِ واری یس منز اوسنہٕ شامل تہٕ نہ اوس اَتھ کلامس منز مقبوٗلؔ کرالہِ واری سُند طرزِ بیان تہٕ نہ سہٕ رنگے۔ یمیک واش برونہہ کُن کرنہٕ ییہِ۔

"کلیاتِ محموٗد گاؔمی" ترتیب دِس دوران پیوٚ مے واریہن دوستن ہندِ مدٕدک ضرورت، یہُند شُکرانہٕ مے کُلیاتس منز کوٗرمُت چھُ۔ یمن دوستن منز اوس سرِس مرحوم محمد امین ابن مہجوؔر۔ تمن ستی اُس مے واراہ برونہہ کالہِ پیٹھ زان تہٕ قلمی نُسخہٕ وُچھنہٕ کِس سِلسلس منز اُسی تم اسہِ نِش گام تہِ یوان گژھان۔ مرحوم ابن مہجوؔر یوٚ دوٕے اکھ پُر پیچ تہٕ تہہ دار انسان اُسی، تمن اُنزِ مُنزِ گژھُن اُس نہٕ گفہٕ کتھاہ۔ یمیک اعتراف محمد یوسف ٹینگ صابس ہِوس انسان شناسس تہِ کرُن چھُ پیوان۔ توتہِ اُسی مرحوم مے پیٹھ مہربان۔ تموٚ تھاوی مے پٔنٕنی واراہ قلمی نُسخہٕ وُچھنہٕ خاطرٕ آتی۔ بہٕ ییلہِ تہِ ٹانکی پور تہُند گرٕ گژھان اوسُس تم اُسی گرمہٕ کالس منز تہِ بسترس منز آسان۔ بہٕ ڈیشتھ ووتھ ہن، قہوٕ منگناوٕ ہن تہٕ پانس بڑونہہ کنہِ چھکرِتھ پھٹلیو منز تُلہٕ ہن اکھاہ تہٕ مے برونہہ کہِ تھاوٕ ہن وُچھنہٕ خاطرٕ۔ اکہِ دوہہ

کرِ کھ مےٚ گزٲرِش زِ تمہٕ زٕ بیاضہٕ نٕمہٕ کھ بہٕ گرِ یمن متعلق ٹینگ صابن ''کلیاتِ مقبوٗل کرالہٕ وٲرِ''یس منزٕ لیوٗ کھمُت اوس۔اکھ بیاض اُس محمد عبداللہ ٹینگہٕ پٕنٕ 1268-70 ھ منزٕ لیچھمٕژ۔یتھ منزٕ تمہِ وقتٕچہٕ کیٚن سارِنٕے بڑیٚن شاعرن ہنزٕ تخلیقہٕ بڑٕ خوبصورت حرفن منزٕ نقل کرنہٕ آسہٕ آمژٕ۔تہٕ دوٚیم بیاض اُس ''بیاضِ عزیز شاہ ڈٕل''۔گوڈنچہِ بیاضہِ منزٕ اُسی محموٗد گاٗمی، ولی اللہ موٚت،مقبوٗل شاہ کرالہٕ وٲری تہٕ نأظم سنزٕ وٕمشہوٗر مثنوی یوٚ علاوٕ تہندی تہٕ رشٕل میرٕنی تہٕ شاہ قلندرہندی مقبوٗل غزل کیوٗوژٕن درج۔ تہٕ دوٚیم بیاض اُس چھراہ تمہِ وقتہٕچہٕ کیٚن یمنٕے اہم شاعرن ہندیٚن غزل کیوٗوژنن پیٹھ مشتمل۔دوشوٚے بیاضہٕ آسہٕ موچہِ ، پانژھ پانژھ شےٚ شےٚ ہتھ صفہٕ۔یمن دوشوٕنی بیاضن اوس مقبول امرتسری سُند کلام تہٕ درج۔ابنِ مہجوٗر صابن دیُت یمہٕ دوشوٚے بیاضہٕ مےٚ اکہِ ہفتہٕ خاطرٕ گرٕہنک اجازت۔شرط تھووُکھ یہِ زِ ستہٕ دوٚہی گژھَن یم لاٗزِمن واپس واتنہِ تہٕ چھراگژھ محموٗد گاٗمی سُند کلام نقل کرنہٕ یُن۔لیٚنہہ دوہ ژیراٗ کی تھےٚ کرِ مے یمہٕ دوشوٚے بیاضہٕ ہٕمن واپس،مگر خیانت کرِتھ۔یعنے محموٗد گاٗمی لیس علاوٕ کوٚر مےٚ رسوٗل میرٕن، شاہ قلندرُن تہٕ خاصکرِتھ مقبوٗل امرتسری سُند سوٗرُے کلام تہِ نقل۔باقی گونماتن ہُند اوس سُے کلام یمن بیاضن منزٕ تہٕ درج یُس عام طور نظرِ چھُ گژھان۔

یمن دوشوٕنی بیاضن متعلق چھےٚ یہِ گتھ عجیب زِ مےٚ ورأے چھنہٕ یمہٕ بیٚہِ کاٗنسہٕ ہاونہٕ آمژٕ۔یمہٕ آسہن مہجوٗرٕن یا ابنِ مہجوٗرٕن ٹینگہٕ پٕنہٕ کاتب ہندیٚن واٗرِژن نِشہِ حاصِل کرِتھ کرٕ ژھراوِمژٕ تہٕ گونماتن ہندِ کلامک فاضِل تلُمت۔دوشوٚے ماٗلی

پوٗتھرٕ وکیازِ چھُنہٕ مقبوٗل امرتسری سُند ذکر کأنسہِ نِش یا کُنہِ خفلہِ منز کوٗرمُت؟ یہِ گَژھ چھےٚ کیاہتام راز باسان۔ییمہِ کتھِ ہُند چھُ پوٗرٕ امکان زِ مہجوٗرَن ما آسہِ پننہِ تصنیفِ ''تذکرہ شعرائے کشمیر'' منز مقبول امرتسری سنز ذات کیوٗفن ویٚژ ہنوومُت۔مگر یوٗ تامٕ نہٕ یہِ کتاب اڈلیٚچ سہی) ژیٚنیرِ کانہہ گَژھ وِنیٚ چھُنہٕ ٹھیک۔مگر توتہِ کیٚنہہ نہٕ وننہٕ نِشہِ چھُ کینژھاہ وُنن جانہٕ۔تہِ گوٗ ویُس کلام مےٚ مقبول امرتسری سُند ییمو بیاضو منزٕ نقل کوٗر، تمیک اثر چھُ مہجورنہٕ شاعریہِ پیٹھ ٹاکارٕ باسان یتھ کنیٚ رسوٗل میرُن یا حبہٕ خوتوٗنہٕ ہندِ کلامُک پرتَوٗ تمی ہندِس وارِیاہس کلامس منزٕ درینٹھی چھُ گژھان ییٚمیک اقرار تمو یہِ وٕنِتھ پانےٚ کوٗرمُت چھُ زِ رسوٗل میرٕ آو مہجوٗرٕ بنِتھ دوٗبارٕ۔ تہٕ بیٚین ہندِ اثرٕ نِش ہیکہِ نہٕ کأنسہِ ہُند کلام زاہ بَچِتھ تہِ۔یتھ شایہ کرٕ وأسی تقوبلی مطالعہٕ باپت دوشوٗنی شأعرن ہندی کیٚنہہ شعر پیش:

مقبوٗل:

مسأ چھوِ لولہٕ مَس دیُت تھم رسےٚ پأٹھی سوندرے بوٗ مبرو
مسأ روش، روشہِ یکھنا پوش لاگے سوندرے بوٗ مبرو
یمبرزَل خستہٕ گرٕتھس مست چشموٗ خشمہٕ ساں، وُچھتم
یتَم یوٗری استہٕ استےٚ دستہٕ کرٕہےٚ یَبرے بوٗ مبرو

مہجوٗر:

تمنّا چانہِ دیدارُک مےٚ چھُم یمبرزلے بوٗ مبرو
پھوٗجس یامتھ اُجس وُچھنے، گُجس چانے کلے بوٗ مبرو

یہِ قد چون زَن چھُ پوشے گُل پھُلے برجستہٕ چھس بلگُل
وُچھِتھ سوٗنبُل تہٕ رنگین گُل، یہِ دِل ما تمبلے بوٗ مبرو

مقبوٗل:

ینَے دِل ژوٗرِ نیوٗ تھٔم نوٗرٕ روخ ہأوِتھ تہٕ ہیوٗت تھٔم دوٗر
تنَے چھُم حوٗرِ عشقُن تیرٕ للہٕ وُن منز موٗرے بوٗ مبرو

مہجوؔر:

وُچھکھ دوٗرے مے مستوٗرے دِلُک سرٕ یہہ مے تھوٗوم ژوٗرے
ژٕے لوٗیُتھ تیرٕ زَن حوٗرے، یہِ چھوکھ نو زاہ بلے بوٗ مبرو

مہجورنِس اَتھ غزلس منز چھِ نوٗ شعرتہٕ امِرتسری ہِندِس منز چھِ داہ۔ خیالن ہنز یکسأنیت تہٕ زمینہِ ہُند ہشر چھُ ہاوان زِ مہجوٗرس چھُ مقبوٗل امرتسری سُند غزل نظرن تَل اوسمُت۔ خاصکر ییٚلہِ دوشوٗنی ہندی تِتھی شعر پران چھِ؛

مقبوٗل:

ژٕے گَس اغیارٕ ہے ستین لوٗگُے دِل بے وفا یارَے
بہٕ چانے ویرِ چھس پیٹھ شیرِ ہیٚتھ نیامٕژ ژھرے بوٗ مبرو

مہجوٗر:

ژٕے گَس ستی گیی سأزِش دوٗیم چھا بیا کھ کانہہ میٚے ہش
ژٕ میانے رشکہٕ پانس نِش رٕ وٹھکھ کمہِ مسوَلے بوٗ مبرو

مقبوٗل امرتسری ہنز شأعری آسیاتہٕ مہجورنِس مطالعس منز روٗزمٕژ کنہٕ نہ، وُنی چھُ

سیٹھاہ کرٛ وٕنۍ۔ تکیازِ یٚمہٕ کتھِ ہنز چھنہٕ خبر زِ یمن بیاضن ہندۍ قلمی نسخہٕ اُسیا مہجوٗرنہٕ حالِ حیات آسنہٕ کَس دورانس منز مہجوٗر لایبریری منز واَتۍ ہٕتۍ کِنہٕ تمہِ پتہٕ---مگر دوشونۍ ہندِ کلامُک انداز چھُ وَنان زِ سانہٕ شاعری ہندِ ارتقاہکۍ چھِ یم دوشوے زٕ اہم پڑاو یا اکی ہیرِ ہندۍ زٕ ہیرِ پاَوٕ۔ امرتسری سُند کلام چھُ تصوٗف کیٛن زاَوِ جارَن زوٗل دِوان تہٕ مہجوٗرٕنۍ شاعری چھےٚ چھرا روٗمانی تہٕ عاشقانہٕ آوازن ہُند اکھ موٗ دُر نغمہٕ۔

1268-70ھ (1850-52ء) منز لیکھنہٕ آمٕژ بابا عبداللہ ٹینگہٕ پٕنۍ ہنز بیاض چھےٚ یٚمہٕ کتھِ ہُند توٚن ثبوٗت زِ مقبوٗل امرتسری چھُ محموٗد گاٗمی یُن ہمکال شاعر تہٕ تمۍ چھُ محموٗد گاٗمی ہٕنزِ شاعری ہنز مقبوٗلیت وُچھمٕژ تمہِ مثنوی یہٕ نوِسر لیچھمٕژ یمن ہنز شُہرت تمہِ وِزِ ژھوا پاَری گمٕژ آسہے تہٕ یِہُند موضوع تمہِ وقتُک محبوٗب موضوٗع یعنے عرفانِ ذات اوس تہٕ یہِ موضوع چھُ مقبوٗل امرتسری ہٕندیٚن غزلن تہٕ وژنن ہُند تہٕ۔ سہٕ چھُ غزلہٕ کَس مٲدانس منز پننیٚن سارِنے ہمکال شاعرن سرس تکیازِ تمۍ چھِ اَتھ مٲدانس منز نوٚی نوٚی تجربہٕ کٔری ہٕتۍ۔ ژھوچہٕ کیوٗز تِچھِ بحرٕ گوڈنکہِ پھرِ کاشرس منز ورتاٚوِتھ چھُن امیک دامن سیٹھاہ وسیع بنوومُت، یتھ کُن نہٕ تمہِ وقتہٕ کیٛو باقی شاعرَ وتوجہ کوٚر مُتے چھُ۔ بیٚین شاعرن ہندی پاٹھۍ چھنہٕ امرتسری یَن محض گیوٚنہٕ خاطرٕ شاعری کٔرمٕژ، بلکہِ چھُن کوٗشش کٔرمٕژ زِ ترقی یافتہٕ زبانن ہندی پاٹھۍ گوٚژھ کاشرِ شاعری منز تہٕ اوٚیر گوٚیرتہٕ سٕرٕ ژیرٕ پاٚدٕ گژھُن۔ تمۍ چھِ اکہِ طرفہٕ مرزا غالبٓ ہندۍ پاٹھۍ مشکل پسندی ہنز وَتھ رٕٹمٕژ

تہ ییٚہ طرفہٕ لوٗژن تہ سہل بحرن منز ذاتکی تہ صفاتکی نکتہٕ ویٚژھناوٕی متۍ ۔ دوشوٕنی طرزن ہندی یم کیٚنہہ شعر چھِ پیش:

میانہٕ دُردانہٕ ہران اوٗش مے گٔیم أچھ چو صدف
ونتہٕ کُمۍ گن ژٕے بٔری دوٗر رٔٹتھ گوشہِ متیو
برلبِ جوے بہِتھ چشمہٕ مے لوٗسم ژیٚنے وُچھان
دِل چمن چھُم سمن سرٕو قصب پوشہِ متیو

یا

چنگہٕ چھُم پان چو سیتارٕ رگن نو روزِ صبا
راست آہنگہٕ، سیرانداز، خوش آوازٕ وولو
ہیٚتھ چھُ مقبوٗلؔ بکف نُسخہٕ پراکندٕ دِلُک
چوں ہندوے جبش گُل رُخِ شیٖرازٕ وولو

یا

یارٕ سُند لول آمو منز منس
کرسہٕ ڈیشن تھچھ بہ کرٕہس دامنس
ویرِ ژٕمۍ ہنزِ گرِ نیرتھ بروٚنٹھ آم
کوہ تھوٚد تہٕ دوہ آمو لوٗسنس

یا

زِندٕ پانے زِندگی مے ترأو نو

کاٗلی نا آسُن بنیم یتھ آسنس
خاٗلی مو دَم تزاو پے یادِ خُدا
کاٗلی یتھنو ژے گژھی سرتل سونس

مقبوٗل امرتسری سنزِ شاعریہِ ہُند فکری پوٚت منظر چھُ بسیار پاسَل۔ سہٕ چھُ کینژَن غزلن منز اَزی کہِ زمانہٕ کِس کاٗنسہِ پرٚ ہُنر تا شوقہٕ شاعرٕ سِندِ انہارٕ در پیٚٹھی گوٚھان تہٕ کینژَن غزلن کیو وژنن منز شُراَہمہِ صدی ہندِس پُختہٕ کار صوفی شاعرٕ سِندِ انہارٕ۔ تمی سِندی وژَن چھِ خاص طوراً می صوفیانہٕ سوچن ترایہ ہندی عکس۔ سہٕ چھُ عبادتس منز ریاکاٗری تہٕ ظاہر داٗری ہُند سخت مخاٗلف تہٕ رنگہٕ واٗلی سِندی رنگ وُچھتھ چھُ ہر ساعتہٕ اندیشن منز راوان۔

کینہہ چھی روٗزِتھ قالس آسان
حالس پنہٕ نِس گُن ہُشیار
کینہہ چھی رٔڈی ہتی مکرٕ کی کیشن          کژیشن چھس کر ڈیشن یار
رَتھِ کھار مضموٗن کتھِ ہُند بوٗزِتھ
روٗزِتھ بیہو دِل بیدار
تتہِ ناموٗل چھے زٔتھین ریشن          کژیشن چھس کر ڈیشن یار
رنگہٕ رنگہٕ پوشن اَمی بے رنگن
رنگ کیاہ دینگھ در گُلزار
مقبوٗل پیومُت منز اندیشن          کژیشن چھس کر ڈیشن یار

مگر نعتن تہٕ منقبتن منز چھُ مقبوٗل اکھ سیوٚد ساد دینی مبلغ بُتھ اسہٕ بروٚنٹھ کُن یوان۔ پننس پریتھ انہارس تہٕ روپس منز چھُ امرتسری اکھ پُختہٕ کار کاشُر شاعر بِتھ اسہِ رنزٕ ناوان۔ غزلن منز چھُ سہُ گاہے کشیرِ ہُند حافظ تہٕ سعدیؔ بنان تہٕ نعتن منز جامیؔ لیس ستیٚ نکھہٕ واتان تہٕ مثنوی منز چھُ سہُ مولانا عطارؔ سُند اثر قبول کران۔

امرتسرِی سندی وار یاہ غزل چھِ تِمہِ سنزِ تاشوقہٕ شاعریہِ ہنزٕ بہترین مثالہٕ بروٚنٹھ کُن انان۔ تِمہِ تہٕ چھُ روایتہٕ موجُب عشقُک اظہار زنانہِ ہندِ طرفہٕ مردس کُن کوٚرمُت۔ تِسنزِ شاعریہِ ہُند محبوب چھُ سہُ عائشہِ موٚت، عشوٕ سازتہٕ تیر اندازتہٕ شہسوار یسنزٕ ہرنہٕ اَچھ چھےٚ خُمارٕ برٕژتہٕ سہُ چھُ شمشاد قامت تہٕ تِسنز تَن چھےٚ کوفوٗری مشک ژھٹہٕ وِنی۔ سہُ چھُ بہارن ہُند دِلداد پوشہِ موٚت جانانہٕ، سہُ چھُ شاہِ خوبان تہِ تہٕ کامہٕ دِیتہِ اَمی ہِہٕ حُسنہٕ رَکس پیکرس پیٹھ چھےٚ اکھ عاشق زنانہٕ فلوٗاے گمُژ۔ سو چھےٚ تِسند ہولہٕ گمژ۔ سو چھےٚ بیکس تہٕ بے بس۔ غارن منز لگتھ پامن لگمژ۔ توٗ ے چھےٚ سو اخلاص کہِ آستانہٕ وصلِ یارٕ خاطرٕ دشہِ گنڈان۔ یمہٕ کتھہٕ چھُ پریتھ کانہہ رومان پسند شاعر کران مگر امرتسری سُند فنکار ذہن چھُ اتھ تاشوقس ہرٕ ئیرتہٕ بخشان تہٕ حُسن تہِ۔ تِمہِ چھِنہٕ کُنہِ شایہ تہِ تیُتھ لفظ ورتاوس منز اوٚنمُت یُس گوٚب باسہِ یا شعرچہ لفظہٕ مالہِ منز الگ تہٕ بدوٗن باسہِ۔ سہُ چھُ پننہٕ کُلہم شاعریہِ منز لفظن ہُند جودوگر باسان۔ کاشرس تہٕ فارسی لفظہٕ راسس پیٹھ چھُ تِمس مکمل عبور۔ لفظس لفظس چھُ سنان تہٕ باسان چھُ زنتہٕ امی شعرٕ یا مصرعہٕ باپت آسہِ سہُ لفظ

وجودس منز آمت۔

عشقِ موٗت یاروے لشہِ نار زألِتھ عشقٕنہِ آتشہِ گوم
مشہِ کرمےٚ ستم بیکسہِ ترأوِتھ تھاوِتھ پشہِ پشہِ گوم
أمی عشقٕ سازَن تیر اندازن ژھٕپنتھ دِتھ وُچھنم ہوٚل
بُمہِ ہارنجہِ ستی مژگانکی کان لاٚیتھ سیٚدِ کشہِ گوم

امرتسرس چھُنہٕ لفظ ژھارنہٕ خاطرٕ ذہنس بارتھ اوُن پیوان۔ تٔمِنٛدس شعرس منز چھِ پانٔے پانٔے لفظ امبرٕ منزٕ وٕتھتھ لفظن ستی جورنہٕ یوان تہٕ شعر بنان۔

ژےٚ گٔس اغیارٕ سے ستین لوٚگے دِل بےوفا یارَے
بہٕ چانے ویرِ چھُس پیٚٹھ شیر ینٛتھِ نعمژ ژھرے بوٚ مبرو

سہٕ چھُنہٕ چھرا فارسی ترکیبن تہٕ تشبیہن تہٕ استعارٕنے یوت لور، بلکہِ چھُ چھرا کاشرِ ترکیبہٕ تہِ کمال فنکأری سان شعرس منز ورتاوان۔

ژےٚ زَن کوکلن عشاق لٔگی والٔے برَے بوٚ مبرو

یا

بُمہ ہارنجہِ ستی مژگانکی کان لاٚیتھ سیٚدِ کشہِ گوم

یا

اسہٕ وٕنی میأنی کوسم تھٕری یے کھسہٕ وٕنی کیا چھکھ رعنا
ڈوٗری سگواں ٹوٗری ماہٕری یے

سوندری یے سون یِکھنا

زألی پنجرٕ چ ہا رنگہٕ ژٔری یے — أ لی لنگہٕ لنگہٕ ییر کھنا

کأڈی پنجرٕ روزَن ژٔری یے

سوندری یے سون یِکھنا

فارسی شأعریہِ ہُند سرٕ ڈن مطالعہٕ آسنس ءتہٕ ءستی چھُ مقبوٗل امرتسری یس کأشرِ شأعریہِ ہُند پَتھ کال رگہِ رگہِ منز پھأ لتھ باسان۔ توَے چھُ سہٕ پننِس کلامس منز حضرتِ شیخ العالمؒ تہٕ لل دیدٕ ہند کلامُک عرفان وِپر اوٕنچ پوٗرٕ کوٗشش کران۔ حضرتِ شیخ ہندِ وژنک پرتوَ چھُ یتھ بندس منز تہِ درٕ پیٹھی گژھان: ''ہوٗن چھُ دپان وَو باوَو''۔

| | |
|---|---|
| مصحفہٕ اندرَے بوز آلو | پانَے لونگھ وَو باوَو |
| وَے حق چھے تتھ گن تھَو | پانَے لونگھ وَو باوَو |
| گوندری اندرے مندرن پھیر | عرفان وُچھ وُچھ سپنگھ سیر |
| نوٗرِ حق ہاوی تتہِ پرتَو | پانَے لونگھ وَو باوَو |
| دُنیاہ چھُ باغ ہیُو بیول ترٕ اوٗس | ذِکرٕ ہُند فِکرِ ہُند آب چھاوٗس |
| آبہٕ روٗس بیأ لس کھسہِ نو تھَو | پانَے لونگھ وَو باوَو |

أکِس الگ پرأنِس کاغدس پیٹھ چھُ کلامِ شیخ العالمس ءتہٕ ءستی مقبوٗلنی شے غزل تہِ درج یِم مقبوٗلن تہندی ہے رنگس منز لیکھی ءتی چھِ۔ مثلاً:

وأتِتھ چھُ سہٕ ذرس ذرس ہرجایہِ وٗنی دیوٗ ہرس کُن
ترأوِتھ دٕے وُچھ یتھ بوٚ سرس تس ذاتہٕ ہندس سپرس کُن
فرق مو کر پننس تہٕ پرس اد ہا واتکھ ہرس کُن
ژوٗر چھُ زاگن لعلِ انبرس وَتھ زاہ دی زٕیس نہٕ گرس کُن
خزانہٕ منزٕ چھےٚ سینہٕ کس گرس مقبوٗلہٕ وُچھ گو ہرس کُن

امی کاغدٕ پیٹھٕ بیٚیہٕ غزٕلکی یِم شعرتہٕ وُچھتوٗ:

دَمہٕ دَمہٕ لے تھاوٕتی پاک ذاتس دَمہٕ دَمہٕ تٔسی کُن مشغوٗل روز
لوٗب تھاو درِدِل دوٚہس تہٕ راتس تس دِلبر سُند دَمہٕ دَمہٕ بوز
مقبوٗلہٕ واتکھ تیٚلہٕ درجاتس یٚیلہِ نارِ عشقٕنہٕ آسی سوز

مقبوٗلؔ کرالہٕ وأری تہٕ مقبوٗل امرتسری دوشونی ہُند کلام یکوٹہٕ بیاضن منزٕ آسُن چھ
ہاوان زِ دوشوٕے چھِ ہمکال شاعر۔ خاصکر بابا عبداللہ ٹینگہٕ پُنٕی سنزٕ تتھ بیاضہِ منزٕ یوسہٕ
1268-70ھ (1852-54ء) منزٕ لیکھنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ یٚیلہِ مقبوٗلؔ کرالہٕ وأری حالِ
حیات چھِ أسی ژتی، دوشوٕنی ہُند کلام یکہٕ وَٹہٕ آسُن چھُ یتہِ ہاوان زِ دوشوٕے شاعر
چھِ کشیرِ منزٕ معروٗف أسی ژتی۔ مگر کرالہٕ وأری چھُ کشیرِ ہندِس گرس گرس منزٕ پننہٕ
شوخ مثنوی ''گُلریز'' تہٕ ''گریسی نامہٕ'' کِنی جادٕ ے مقبوٗل بنیوٗمُت تہٕ امرتسری چھُ گُمنأمی
منزٕ روٗزِتھ کأشریو پننہٕ ژٕین مشرف کٔین تہٕ خانن منزٕ دوٚبروومُت۔ یوٚ دوٚ ے سُتہِ پننیو
مثنوی یو تہٕ غزٕلو تہٕ وژنو کِنی کم پہن مقبوٗل گوٚ ژھ نہٕ آسُن۔ تہٕ چھُنہٕ پتاہ زِ زمانہٕ کیو
حأری شاتو کمن وأناکھ سرحدن منزٕ آسہِ سہٕ شرٕ ڈ پرووومُت۔ تہٕ کتہٕ چھِ بے پُرسان

میٚژ منز آسئیس سپنس منز جاے دِژمٕژ۔ یمن کتھن ہندی چھِ کینٛہہ اشارے تٔسندِس کلامس منز میلان۔ پنٕنہِ گُمنأمی ہُند شدید احساس چھُ بچارٕ امرتسرس شاید ہمیشہٕ روٗدمُت تہٕ توٚے چھُ تسُند اکھ لیکھُت یہِ:

حالِ دِل نِشہِ عامن مقبوٗلہٕ مہ کر حالی یے
چھُکھ ژٕ منز گُمنامن دامن یہٕ رٕٹس کالی یے

تِمس چھُ پنٕنہِ وطنہٕ نِشہِ دور آسنُک احساس تہٕ ستاوان روٗدمُت:

دوٗر چھُ مقبوٗلؔ خوٗبصورتی یے مورِ نار ہیٚتھ پٔتی پٔتی یے لو
یتہٕ روشہِ ووتھرٕ ے ہیٚہِ پوشہِ پھوٚتی یے اٗسی مأری چأنی مارٕمُتی یے لو

شاید چھُ مقبوٗل امرتسری پنٕنہِ عمرِ ہندِس اندس پیٹھ پردیس ترأوِتھ پنٕنس دیس کشیر ژھارنہِ درامُت۔ تِمی سُند ارمان آسیا تہٕ پوٗرٕ گوٚمُت، کِنہٕ نہ، خُدا ہے زانہِ۔ أکِس غزلس منز چھُ ونان:

مقبوٗلہٕ پنٕنے دیس کر یاد
نیر ووٗنی یٚیمہِ پردیسہٕ لولو

یتھ کنی چھُ مقبوٗلؔ پنٕنس پریٚتھ کُنہِ لیکھتس منز جانانہٕ سِند دوٗرِرُک ذِکر کران تہٕ تٔسندِ دید اٗرُک تماہ کران تہٕ صاف چھُ نَنان زِ تسُند جانانہٕ چھُنہٕ ییٚہکانہہ بلکہِ موج کشیر۔

کُنے ناوتہٕ کُنے زمانہٕ اٗستھ تہٕ چھُ دون مقبوٗلن ہنزِ شاعریہ ہُند رنگ بیٚون بیٚون۔ مثنوی یوٗ علاوٕ چھُ مقبوٗل کرالہٕ وأری سُند کلام چھراہ وژن۔ ''گلریز'' منز تِمی ہٕندِس وژنس (وٚیسی یے گُلن آمے بہار/ از سالہٕ اننتن بالہٕ یار) یُس انہار چھُ، سُہ چھُ تٔسنزِ

گُلہِم شاعریہِ پیٹھ حاوی۔ یِم ژ ترے غزل تِہندِ قلمہٕ دارٕتی چھِ، تِمن منز تہٕ چھُ وژنکُے رنگ یعنے اَکِس شعرس چھِ دو یوٚ مصرو بجایہِ ژور حصہٕ آسان تہٕ ژوٗرِیم حِصہٕ چھُ ردیف۔ کِنی ورتاوس یوان۔ تِہندِس گُلیاتس منز چھُ غزل آیہِ اکُے بأتھ موجوٗد

کن کُمی ژٕے بُری نے صاف وَن دُردانہٕ نگارو

افسانہٕ ؤنی ؤنی تھاوی تھَم افسانہٕ نگارو

قوی امکان چھُ زِ یہِ غزل تہٕ چھُنہٕ کرالہٕ وأری سُند تہٕ کتھِ تام پأٹھی چھُ تِہندِس گُلیاتس منز شأمِل گومُت تکیازِ چھراا کھ فنپارٕ غزل ماہیکہِ تِیِٹس کلامس منز موجوٗد اَسِتھ۔ یہِ غزل چھُ بابا عبداللہ ٹینگہٕ پُرٕ تہٕ پننہِ بیاضہِ منز درج کوٚرمُت مگر کرالہٕ وأری یا امرتسری ناو چھُنس نہٕ دِیُتمُت۔

مقبوٗل امرتسری سِنز شاعریہِ متعلق چھےٚ یہِ کتھ بلکُل عیان زِ تِمی چھِ درجن واد غزل، درجن واد وژن، کینہہ نعت تہٕ منقبت لیکھمٕتی۔ امہِ علاوٕ چھِ شِیقہِ پأٹھی اکھ مثنوی پہلی نامہٕ تہٕ تِمی سِنز تخلیق۔ مگر ترے مثنوی یہِ چھےٚ تِمہٕ ہِمن متعلق شَکیچ گُنجأیش موجوٗد چھےٚ۔ یِمہٕ ترے مثنوی یہِ چھےٚ: منصور نامہٕ، قصے ہارون رشید تہٕ یوسف زلیخا۔ یوٚ تام میأنی ذأتی راے چھےٚ، یِمہٕ تریشوَے مثنوی یہِ گژھَن مقبوٗل امرتسری سِنزٕ ے تخلیقہٕ آسنہِ۔ محموٗد گأمی سُندِ منصور نامہٕ علاوٕ چھُ تِمی آیہِ، مگر جاے وضاحتہٕ تہٕ جاے نفاستہٕ سان بیا کھ منصوٗر نامہٕ تہٕ موجوٗد یتھ اندس پیٹھ مقبوٗل لیکھمُت دِتھ چھُ تہٕ یِمِکی قلمی نُسخہٕ قصے ہارون رشید: حالے سپُد دریافت زِ یہِ مثنوی اُس حاجی محی الدین مسکین لیکھِتھ چھاپ تہِ کرٕمٕژ۔ پتہٕ اُس کتھِ تام پأٹھی محموٗد گأمی نہٕ ناو دوبارٕ چھاپ سپزٕمٕژ۔

وازِہہن جایَن موجود چھِ۔ یہِ چھُ سُے قصہ شیخ منصورٕ یُس وٕنجیار ریک گُستام سن مِسگر پنٕنہِ ناوٕ چھپاوان روٗدتہٕ محمد یوسف ٹینگ صأبن کوٚر بدِ کڈِتھ کلیات مقبوٗل کرالہٕ وأرکِ لیس منز درج تِکیازِ توٚ تام اوسنہٕ مقبوٗل امرتسری سُند ناو وِیوٚ دگوٗمُت۔(غلام محمد شاد۔انہار۔محمود گامی نمبر۔ص:79-52)دوٚیِم مثنوی یوسہٕ مقبوٗل امرتسری ہٕنز آسنٕچ گژھِ، چھےٚ قصہ یوسف زلیخا یمِکہ زٕ قلمی نُسخہٕ ریسرچ محکمس منز زیرِ نمبر 2011 موجود چھِ۔حالانکہِ امہِ کِس اندس پیٹھ چھُ لیکھتھ ''قصہ زلیخا من تصنیف مقبول کرالہٕ واری''۔مثنوی ہُند یہِ نقل چھُ کُمی تام غلام شاہن 1315ھ منز کوٚرمُت۔ پروفیسر غلام محمد شاد سُند وَنُن چھُ زِ تمن نِش تہِ چھُ امہِ مثنوی ہُند اکھ قلمی نُسخہٕ موجوٗد تہٕ یَتھ کرالہٕ وأرکِ بجایہِ مقبول امرتسری سُند ناو درج چھُ۔(انہار:1990ء) مقبوٗل کرالہٕ ہٕنزَن تصنیفن منز چھنہٕ یمن دون مثنوی یَن ہُند ذکر زاہ تہٕ کرنہٕ آمُت۔ عبدالاحد آزادس اُس مقبوٗل کرالہٕ وأرکِ ہٕنزِ کُلہم شاعریہِ پیٹھ ہٕنٛز نظر۔اگر یمہٕ مثنوی یہِ تٔمی ہٕنزٕ تخلیقہٕ آسہن، آزادوین ہناوِہے ضروٗر یمن تہِ۔دوٚیِم کتھ چھےٚ یہِ زِ مقبوٗل کرالہٕ وأرکِ چھنہٕ شاعریہِ منز سہ موضوٗع تُلمُتے یتھ پیٹھ بیٚیہِ کانٛسہِ شاعرن قلم آسہے تُلمُت۔محمود گامی ین چھےٚ زلیخا، پہلی نامہٕ، منصور نامہٕ تہٕ ہارون رشید ژوشونٛ موضوعن پیٹھ مثنوی یہِ لیچھمٕژ۔تہٕ یمن ہندِس جوابس منز چھےٚ لازِمن اَکی شاعرن دوبارٕ ژوشوے مثنوی یہِ جاےٕ وضاحتہٕ سان پھِرِ مٕژ۔مگر وطنہٕ نِشہِ دور آسنہٕ کِنہٕ گٔس ونہِ ہے زِ یہِ چھُ میون کلام، یہِ گٔری تو میانی ناوٕ نقل۔تہٕ نتیجہِ دراو زِ یہِ تُسند کلام روٗد چھلہٕ چھانگرِ گژھان تہٕ ژورن فنپارٕ مثنوی یَن ہُند شاعر روٗد اَویوٚ دتہٕ فنپارٕ روٗدی گراأ کی

ہندِس ناوَس تَل چھپان تہٕ گراہیٚ ہندِس۔ یوسف زلیخا مثنوی ہُند یُس قلمی نُسخہٕ ریسرچ محکمس منز موجود چھُ تمی منز نیٚتھون یہ غزل۔ عزیزِ مصر چھُ زُلیخایہ استقبالس نیران:

بوز کیتھ پاٹھی دژا و عزیزِ جشنِ عزیزانہٕ ہیٚتھ

ستی پانس رنگہٕ رنگے رسمِ عروسانہٕ ہیٚتھ

تاج بر سر حلہٕ در بر بخت تخس تلی دوان

شوقہٕ پننے ستی پانس رختِ معشوقانہٕ ہیٚتھ

صد ہزاراں ژونژ آسس حورٕ زَن، نوزُک بدن

اوس پکان ستی پانس زَن سہٕ پری خانہٕ ہیٚتھ

از غُلامان و کنیزاں ساسہٕ بُدی زربفت پوٚس

سیم تن نوزُک بدن رقصاں، نژاں جانانہٕ ہیٚتھ

ساسہٕ بُدی سردار گنڈِتھ ہٕلی پکن مُہرٕ چھکن

لعل و یاقوت و جواہر موکھتہٕ کی دامانہٕ ہیٚتھ

عاشقن کوٚر خرچ مخزن سور معشوقس پتے

اُسی یِم مقبوؔل تم گے بخشنے ہندتانہٕ ہیٚتھ

ییتھ کنی پتھ کُن وننہٕ آو ذِکرالہٕ واُری چھُنہٕ غزلُک فارم شاعریہ منز ورتاونے بلکہٕ ژُ مِصری وژن فارم تہٕ اَکس مثنوی منز کتہٕ لیکھِ سہٕ وژن تراُوِتھ غزل۔ بیا کھ کتھ چھے ذِکرالہٕ واُری چھُنہٕ پنُن تخلص امہٕ کس معنیہٕ کس صوٗرتس منز سہل سہل ورتاوان ییلہٕ زَن زلیخا مثنوی منز جایہٕ جایہٕ مقبوؔل امہٕ کس معنیہٕ کس صورتس منز ورتاونہٕ چھُ آمُت۔

مقبوٗلؔ امرتسری دریافت گژھنہٕ پتہٕ یعنے 1976 ءپیٹھ از تام گیہِ قریب وُہ وٗری۔ اَتھ دوران لیکھی مےٚ دویہ پھرِ مقبوٗلؔس پیٹھ مضمون تہٕ ''کأشرِ ادبک توٲریخس'' منز تہٕ آو ٲمِس متعلق تفصیلہٕ سان لیکھنہٕ۔ مگر کأنسہِ نقادن دیُت نہٕ ٲمِس تھدِ پایہِ کِس کأشرِس شاعرس زانِنس کُن توجہ۔ ٲمی سُند سورُے کلام شایع سپدنہٕ ستی بدلہِ کأشرِ ادبہٕ کہِ توٲریخک تناظر ے، خاصکرتھ مثنوی یہ، غزلس تہٕ نعتس متعلق۔ شُکر چھُ زِ ووٚنی چھُ غلام محمد شادؔ صأب نہٕ صرف مقبوٗلؔ امرتسری سٕندِس آسنس تصدیق کران بلکہِ چھُ تِہند دعوازِ تس نِش چھُ تٔمی سُند واریاہ کلام موجوٗد تہٕ تٔمی سٕنزِ زندگیہ تہٕ خاندانس متعلق تہِ چھُس سورُے ننیومُت:

دوٚیم بیاض چھے بیاضِ مقبوٗل امرتسری۔

ٲمِس مقبوٗلؔس چھُ ناجی منور صأبن امرتسری زانِنہٕ ورأے ناو تھووُمُت۔ فی الحال ونوس یی۔ بہٕ چھُس ٲمی سُند کُلیات ترتیب دِوان۔ یَتھ منز مثنوی یوسف زلیخا، ہتھ شَتھ غزل، ترٕہ ژتجہ منقبت تہٕ نعت شأمِل چھِ۔ ٲتھی ستی چھُس مقبوٗلؔ سُند مفصل خاندأنی تعارف تہٕ حالات تہِ۔ اَتھ بیاضہِ منز چھُ اکثر کلام مقبوٗل امرتسری سُندُ ے۔''

(غلام محمد شادؔ: انہار۔ محمود گأمی، 1990ء۔ ص: 79-52)۔

# غزل

O

عشہ موٚت یاروَے لشہ نارٕ زأۍلتھ عشقنٕہ آتشہ گوم
مشہٕ کر میے سِتم بیکسہٕ ترأوِتھ تھأوِتھ پشہ پشہٕ گوم

أمی عشقٕ سازن تیر اندازن ژھیٚتھ دِتھ وُچھنم ہوٚل!
بُمہٕ ہارنجہٕ ستیٚ مجگانکی کان لأیتھ سدٕ کشہٕ گوم

رِکشہٕ بند پرٕتھ پراران لوٗسس نِشہ کوٚ ہیوٚت تھَم دوٗر
رٕشہ ستیٚ کن کمی دُشمنن بُرٕی نس وَشرٕنہ پردِشہ گوم

صُبحکہ واوو ژٕمیانے گراوو نِکھنا تس یارس
غمزچہ کرتجہ بوختہٕ گُرنس سُہ حبتہٕ کس نشہٕ گوم

خامن منز کوٚ لأجنس پامن تمی سیم اندامن
کامنہٕ تہنزے زربف جامن دامن ژٕری اشہٕ گوم

مخمۆر چشمو عشقنہِ جامے چأونس لولُک مَس
مغرور وُچھتن مۆت، چھوٕ رأوتھ تھأوتھ کس نِشہ گوم

شمشاد قامت ماہ روخسارن پامال گٔرنس بال
دیوانہٕ دِلہٕ سےٕ زنجیر لأگِتھ تمہِ زُلفہٕ سرکشہِ گوم

آہو عشوو تمۍ صیادن کۆرنم جأدی پٔن
آستانہٕ عشقنہِ مستانہٕ ژٕڈتھےٕ اخلاصچہِ دَشہِ گوم

ماہ روخ ہأوِتھ تمۍ شہسوارن مقبولؔ کۆرنس مات
داوس لأگِتھ ہتھ باز زأگِتھ نازکہِ وردشہ گوم



مسأ چھِولولہٕ مَس دیُت ھتم رسأے پأٹھی سوندرے۔ بۆ مبرو
مسأ روش، روشہِ یِکھنا پوش لاگے گوندرے بۆ مبرو
ژیے گس اغیارٕسے ہستن لۆگُے دِل بے ووفا یارے
بہ چانے ویرِ چھُس پٹھ شیرِ ہبتھ نیامژ ژھرے۔ بۆ مبرو
ینے دِل ژۄرِ نیٖوٕھتم نورٕ روخ ہأوِتھ تہٕ ہۆت ھتم دۄر
تنے چھُم حۄرِ عشقُن نار للہٕ ون منٛز مورے بۆ مبرو
مُسلسل چھے کمندِ زُلف پیچان دامِ آہو گیر
ژرے زن کوکلن عشاق لگو والے برے بۆ مبرو
یمبرزول خستہٕ گرٕتھس مَست چشمو خُشمہ سان وُچھ ھتم
یِتم یور استہ استے دستہٕ کرٕہے برَے بۆ مبرو
گلابو شوقہٕ چانے بلُبل دل تمبلیومُت چھُم
ژٕمو تھاو موئےِ رنبُل گُل روخس سمبل ژھرے بۆ مبرو

ٹھَرے پھھم لالہٕ ڈیشتھ خال چونے داغ لالکو پاٹھو
گرے گر دِل میے پھھم لۆباں ژ ژھارتھ گتھ گرے بۆ مبرو

ملِتھ کوفور چھے برپۆرتن اٰینہٕ زن روشن
گلتھ گرِتھ سینہ ڈیشتھ شین، شراونی ہی ہرے بۆ مبرو

دِتم درشُن پیٹھتم پالیس وندے سر ہاوتم دیدار
ستم چاٲنی اسے ستمگر میۆن ہیو ما کانہہ ذرے بۆ مبرو

سمن بر سیم تن دلدارٕ مقبولس دتو دیدار
چھونی کیاہ بے بہا دردانہ گُس قیٖمتھ برے بۆ مبرو



روشہِ وولہ آو بہار روشہٕ وَنے پوشہٕ متیو
یاسمن بویہ سمن خویہِ چمن پوشہِ متیو

کوکلن واش مہٕ کر یارٕ ژٕ شُری باشہِ مہ کر
مارٕ امار کوٚرتھ مار در آغوشہِ متیو

میانہِ دُردانہٕ ہَران اوٚش میے گیم أچھ چوصدف
وَنتہ کمی کن ژیے بری دوٗر رٹتھ گوشہِ متیو

شمع از مہرِتو مہرویہ چھُ پروانہ صفت
روز و شب گاہ چھُ دزان گاہ گلاں جوشہِ متیو

برلب جوئے بہتھ چشمہ میے لوسم ژیے وچھان
دل چمن چھُم سمن سرِو قصب پوشہِ متیو

یم چھ بیمار ازاٚنی چشمہ پُراز مَے چھ تمن
قندٕ شربتھ چھُ خوش خندٕ شکر توشہِ متیو

باز اکہِ صبح گُل اندامہٕ اللہ اژتہٕ بیاغ
تازٕ ترپوش گرٕھن چانہِ ابرو دوشہ متیو

کروٚتھ عشقن چھُ سفر زیوٚٹھ رہے ہجر سبٹھاہ
زادِ راہ چھُم مےٚ اشک دانہٕ غمک توشہٕ متیو
عشقنہٕ نارٕ دوٚدم سینہ جگر گوم کباب
دِل چھُ بے تاب دِتم آب ستم گوشہٕ متیو
دوٗ ریٚژ ے چانہٕ میے جاں ووت بلبل لولہٕ تتے
اکھ رُما بیٚہتہٕ ییہ ہم جان دما پوشہٕ متیو

خونِ دلہٕ ستیٚ چھُ مقبوٗل ژیے کُن نامہٕ لیکھان
ہوشہٕ کے گوشہٕ غزل بوز سبٹھاہ توشہٕ متیو

O

ویسی ئے سُہ دِلبر نارٕ میے زألِتھ بدن ژٕول مے
اندر فراقٕس راتھ دوہ ووٗتُم دوَن ژٕول مے

صدِ فتنہ برپا کردہ رفت آں غارت خوباں
بدنامٕ عالم کرِتھ دلبر سرحدن ژٕول مے

ماہ روے ہأوِتھ شاہِ خوباں راہ دِیٖنم زد
نازچ قبا دریٖر کرِتھ نوزُک بدن ژٕول مے

بزم دِتھ سُہ دلبر گوم گرٕنس مأرٕمُت پھلوا
خم دال زن گرٕنس الف سرِو قدن ژٕول مے

مخمور نازن نازنیٖن مستوٗرِ کوٗرنم سوٗر
مغرور گو برپور تمی حسنٕک بدن ژٕول مے

پھٕٹمت جگر چھُم گژھتہٕ وُنُس کوٚ کھوٚٹ تھٕم روے
پامالِ عالم گرسہٕ تٔمی لالہٕ خدن ژ ٚول مَے

پیٹھ لالہٕ رویس حالہٕ اکہِ چھُس زلف عنبر بوٗئے
أمی کالہٕ سرپھن وُچھتہٕ بُچھ کم کم بدن ژ ٚول مَے

بجہ تیرٕ لأگنم چیرٕ جگرس دود لکوٗن چھُم
مجروٗح سینس خون چھُم جأری زدن ژول مَے

تس کامہٕ دیوس نامہٕ لیچھام کیاہ میے چھُم اوحال
چھُم تورٕ پھیرتھ نامہٕ اکھ پامہ لدن ژ ٚول مَے

کر ہاوِ ماہ روخسار مقبولس پنُن دیدار
اوسم میے تی ارمان تے چھُم نہ سیٔدن ژ ٚول مَے

o

دیوانہٕ کُرتھس مارٕ ماہ روخسارٕ یتأمو
آشوب عالم عشوٕگر دلدارٕ یتأمو

قد چون سروے ناز خدخورشید بُرجِ نار
صد شام صُبحے ہاوتم مہَ پارٕ یتأمو

جودوےٗ آہوئے توصد ماہروے دل افگند
درچاہ غم آوارٕ جودوگارٕ یتأمو

از خنجرِ زہرابِ نازت زخمِ کأری آم
آگشتہٕ چھس درخاک وخوٗن خونخارٕ یتأمو

دریک کمال صد تیر کردی بہر قتلم راست
صیاد ظألم ترُک کماندارٕ یتأمو

پیکاں مجگاں لاٙیتھم مجروح کوٚرتھم دل
غربال سینس گوم جگر پاڑ یتاٙمو

مو مار سیاہ مار زُلفن گرایہ متیو مان
اماڑ چانے یاڑ پُرخماڑ یتاٙمو

چھے رَہزنِ دل زُلف ہند و خال کافر کیش
بر قتل عام و خاص رواداڑ یتاٙمو

انصاف چھے نو عاڑ رستیو ناڑ بوٚرتھم موٚر
شُری پانہ غم ہیتھ چوں چھُس غمخاڑ یتاٙمو

جانانہٕ دل و جان فدا چاٙنسے ناوس
از بہر خدا میانہٕ مداواڑ یتاٙمو

ذڑ زولتھن مقبوٓل کوتاہ زرِ دوٗربر چون
بڑ یاونٕز ہی گیمہٕ گل اناڑ یتاٙمو

O

بزم دِتھ نیوتھم دِل اے عشوے گرجانانے
بے رحم لوگتھ قاتِل انصاف روٗدُے نہٕ دانے

لاجے یم دوسدأری ہاوِسہ ژیے ستئ یأری
درائ نہٕ ووفاداری گنزروتھس بیگانے

مُشرووتھس یارٕ ژٕ مُشتھس خمارٕ ہٕژُے
آرامہٕ رژھ آرٕ کرٕژے گیس مُڑ دیوانے

امے حوٗروش رشِک پری وے وے چہ ما پیکری
نوزک بدن سیم بری پُرنور چوں دُردانے

ژومرووُس چأنی غمن بزمرووُس زلفِ خمن
تمہِ کور ژلن یمن گے نألی یم زولانے
وللہ چھُے یارٕ میے ون ناحقہٕ بری کمی گن
لوگتھ منزس دُشمن یِی چھا سأ شایانے

کیاہ گوٚو ے ملالہٕ میونے مُشر ووُتھ لول پُرونے
بے قولہ چھُم ہول چونے گرٛتھ بیہ چیے بدگمانے

سروندٕ ہے یارٕ یتِم یکبار دیدار دِتم
دیٛو مشہِ نم پرأنی سِتم مو رٹھ حیلہٕ بہانے

مو روش مو رٹھ غبار یا تراو ملالہ بایار
ظأِلم چھُک مُردم آزار بے عارٕ مہربانے

دِل بند گو لائیے تھاہ کیاہ بوز یتہِ روز ساتھاہ
سوال چھُے یتہٕ ساتھا میزمانہ راحت جانے

بوزُم دلدار ییم بے پردہ دیدار دِیم
مقبوٗل توٚ ے چھُ بے غم مشغول با افسانے



نازنین زہرہ جبیں ماہ روخہ پُر نازٕ وولو
نیم نازن بہ لگے سیم تن طنّازٕ وولو

صُبح آرام میے گو شامِ زلف یام وُچھم
خام دردام ٲجس پوختہ دَم اندازٕ وولو

نازٕ رویک ژیے وُچھتھ رنگ چھ گُلن رام کران
رازٕ چھے چشمہ ژیے بادام ترو تازٕ وولو

عشقہ صیاد ژولم زالہٕ ؤلتھ کالہٕ پگاہ
مرغ دِل پانہ یمے ڈالہِ ہبتھ شہبازٕ وولو

حالِ دِلسوز وَنے روز شباہ بیہہ ساتھاہ
روزٕ نے چانہ ہیٖم سوز میے نا سازٕ وولو

شیرِ مژباغ دِلس منز ژیہِ رِکژ جاے پسند
جو یہ أچھ سپنہ چمن سرِو سرفرازِ وولو

چنگ چھم پاں چوسپتارِ رگن نو روز صبا
راست آہنگ، سیراندازِ، خوش آوازِ وولو

نقد دل جمع کرتھ گوم تبا راج شکل
................أتھرِ کھیؤمُت)................

ہتھ چھُ مقبول بکف نُسخہ پراکندِ دلُک
چوں ہندوے جبش گُل روخِ شیرازِ وولو



کرایہ عشقنہِ زأ جنم تن شاہِ خوباں اے صنم
مایہ چانے چھس گلن ماہِ فروزاں اے صنم

اے سَمن بر چون خد خورشید قد سرِ و سہی
سیم روخ چھے جیم گیسو میم دہاں اے صنم

زلف چھی دام بلا ڈیشتھ پریشان گوم دل
ترآوی متۍ زن مارِ پیچان تابداماں اے صنم

دلبرا ماہ پیکرا کر نیرِ ہے از چاہ نبر
ڈیشہِ ہے روخ چون ہرگاہ ماہ کنعاں اے صنم

چشمہ چھے پُرمُے زِ چشمہ از کرشمہِ دل نوان
عشوِ گر کافر سیر غارت گرِ جاں اے صنم

بردو چشم نرگسیں ابرو دونؤں بالاے صاد
نتہٕ مُشکیں سایباں برخان کاں اے صنم

دین ودِل گتھ ہیتھ ژلن چھک مس مہٕ گرٛدھ بیگانہٕ سےٖ
کینہ ژٕلی نے وُچھتہ کیاہ چھُم سینہ بریاں اے صنم

مارٕ گرٕتھس مارٕ متیو، مارٕ موٚت چونٕے میے چھُم
عارٕ رستیو سانہٕ روزے چھکرنہ روزان اے صنم

دارِ برٕی لوٚسس وُچھان یکنا وساں اوش دارِ چھُم
رٕس لوٚگے کس ستۍ تے موکھ چھک نہ ہاواں اے صنم

گر بہ میخانہ رؤد مقبولؔ آ غشتہ مشو
دررہٕ عشق است یکساں کفر و ایمان اے صنم



جان و دِل ہیتھ کتھ ژولُکھ اے جانِ جانان الغیاث
کان عشقن لوی تھم ووتُم میے درجان الغیاث

شر ژلیم اژتم ژٕ ازدر سربہٕ وندٕ ہے پایہِ نی
گرٕ انتھ دلبرٕ کرے بوجان قوربان الغیاث

الف قد چونے وُچھِت زن دال ہوٚل قامت میے گوٚو
بُشد بہ ِگل شمشاد زن سرِو خرامان الغیاث

آفتابس روےٚ ڈیشتھ لوٚگ گرہُن ماہ ئُج دَرے
گُل برے گے دِل پریشان گوبیک آں الغیاث

کشمکش ہارنجہ بمُن کھش مہٕ کَر مُشتاقہ نےٚ
سیوٚد تیم یوٚدوَے ژٕ لایکھ تیرٕ مجگاں الغیاث

ساحری از سامری آموختہ خشمت مگر
چھے توے در دیدہ جودوےٚ نمایاں الغیاث

زُلف چھی سمبُل زِ کوکُل کارِ پتہٕ پٹھ کارِ زن
وارِ حُسنچ زن چھ پھوٚلی متہٕ عشقہٕ پیچاں الغیاث

از سخُن طوطے کُرتھ کُلی لب شکر گوٚمت زِ شرم
از تبسُم چھی ہَران لولو تہٕ مرجاں الغیاث

سوزِ آمُت دِل میے چھم سوزے جگر باوے ژِ بوز
روزِ ہمنا روزٕ ہے تابع بفرماں الغیاث

از صفائے حسنِ تو آینہٕ سے ہیمٕ چھ کھے
شمع از غارتھ دزن درنار سوزاں الغیاث

بار چھی، مقبولؔ اندر نار ہجراں زول تھن
روز محشر دست میونے، چوں داماں الغیاث

O

أمی مارِ مُتی کُری مارِ کم لم مارِ مُتی یَے
دِل زول نکھ تے روٗدی للہِ وٗنی نارِ تٔتی یَے

از نارِ عشق د ۆدکھِ بدن عمرِ وَدن روٗدی
پشہِ پشہِ کراں گیکھ دِل کیاہ آرِ کتی یَے

یۆد لالہِ ہیم سالہِ ہٕمن ڈالہِ کرس بو
تس بالہ یارس نالہِ رٔٹتھ نالہِ متی یَے

چھُم یارتوٚشتھ روشہِ روٗزِتھ پوشہِ باغس منز
پاَدن پتبس آدن چھُ انتن یئٔری لتی یَے

ما شوقہ سُند چھُم شوق تیٚوٗتاہ شوق مَشم ما
پتہٕ پتہٕ لارس کر بہٕ ہیٚمس زاہ تہِ پتی یَے

بو نیرٕ وَنن زار وَنن نیب لبس نا
تس یارٕ سے یوٚد وٕنی ڈِس منز آرٕ پتی ئے

دریا چھُ عشقُن سوٚن وُسن تتھ منز چھنو آساں
یم یورٕ تتھ منز گیہِ تم کر تورٕ کھٔتی ئے

تَس لأله پتے گتھ کتاہ مأری تجدس پتھ
یا لأل یوٚرنس سأل کر مجلونہٕ کھتی ئے

دون یلہِ میٔل گو میلنُک کیاہ گیلنُک پروا
تس وصل سپُن اصل قسمت بس چھُ أتی ئے

امّار مقبولسؔ چھُ در دل یارٕ سُند ہتھ سور
بو مارٕ گٔرنس بال أمی خومارٕ ہتی ئے

○

دمہٕ دمہٕ پھیرتو دلہٕ کِس کعبس

توجہ کرو آنجنابسؐ کُن

سُلہِ ووتھ وُچھتو گُل آفتابس

روے چھے لَس آفتابس کُن

ہوش تھاو دَمہ دَمہ واتکھ صوابس

گوش تھو دلہٕ کِس ربابس کُن

دُنیا زأنی منز چھک زن خابس

بر متو متہٕ اتھ خابس کُن

وصلُک مأل تھو اصلہٕ کِس شرابس

لے کر میہ کِس قرابس کُن

تنہا روزتھ وچھتہ تتھ آبس

آب بن آب وُچھتہ آبس کُن

مقبولؔ پراران کتھ چھک جوابس

مو وُچھ جسمہ کِس نقابس کُن

O

مَردو دردِچ ہیتو لئے

پَے ییہ وُچھتن پنہٕ نٕے یار

وأتھ سُے چھُے موے موے

عشقن چَے تو مٕئے اسرار

یتی دزٕ وُن تتی بوے

وتہِ وتہِ آسی تتہِ سبزار

شیٔے منز کھن اِدٕ وُچھ جوے

دِلہٕ کنٕز ژیے تہٕ لتس گرشہٕ ملرشار

زندٕ پانہٕ موٗدی یم تم ماموے

چھِی تم ذاتس نش زُو دار

وُصلک مےَ یُس دمہٕ دمہٕ چیٔے

اصلُک تمی سے بنہِ دیدار

مقبولہٕ اأنس یَس ژلہِ کھیٔے

کتھ پاٗٹھی بنہٕ لتس ڈیشن یار

O

شاہٕد تہٕ مشہوٗد وُچھتن اتی
ءستی چھُ چونے پتھ اللہ
رُمہ رُمہ پرتو لوتی لوتی
دَمہ دَمہ لتس کُن ہوٗ اللہ

لا اللہ پٔنُن چھی یتہٕ تتی
قبلس کُن تراو او ہوٗ اللہ

ہو ہو مقبوٗلہ پرسوتہ سوتی
رُوح چون بنہٕ اد رُوح اللہ

أکس نسخن پیٹھ چھ محموٗدلیکھت درج

O

تھوٚد ووتھ بخدکہ ریشہ لولو
مجلوں متہٕ درویشہٕ لولو

معشوق وچھنٛگ چھے تمنّا
لٲل چھے حاضِر نِشہٕ لولو

ؤجدس منز وُچھ نجدک کوہ
ژھوہ مار ہا درویشہٕ لولو

شیرینہ پیٹھ پان فرہادن
مورن عشقنہٕ تیشہٕ لولو

بوز ووٚنی روز تو چھے ژیے منز
دوٗرِرُک تراو اندیشہ لولو

یار چھے اَسِتھ ہرشایے
وُچھتن دلہٕ کے شیشہ لولو

دینگ شیخ اوس شیخ صنّان
آو کیاہ تس درپیشہ لولو

عاشق عشقنے تیشہ مارُن
ماشوقہ سُند سے کیشہ لولو

یوٚد چھے مأل ژیے األ وچھنُک
بروٚنٹھ نیر ہا رُمہ ریشہ لولو

مقبولہٕ پنہ نُے دیش کر یاد
نیر ووٚنی تیٚمہٕ پردیشہٕ لولو

O

استانہٕ گنجہٕ مے دشہٕ لولو
مجلونس نا مشہٕ لولو
کھوژاں چھس نشہٕ مجلونس
مے گنہٕ دل ما نشہٕ لولو
مَس چیتھ تسنز ے یأری ہند
کس ونہٕ چھم سے نشہٕ لولو
یارس میأنِس چھسنا عار
تار میے گونڈ نم لشہٕ لولو
ہوونم روے یلہٕ ژاٹہٕ ہاؤ نوّن
تھوونم سُے پشہ پشہ لولو
اصلک لیس آسہ وصلُک ذوق
مرِ کر وصلِکہ غشہ لولو
آلیس ترأوِتھ مالنٛز کروں
درالیس منز کمہٕ عشہ لولو
دِلہٕ کے ہول کاس مقبولسؔ
لول چون کرتس مشہٕ لولو

O

لاٗلہِ ہُند حال کُس زانہِ لولو    مجلونہٕ ہا نُندٕ بانہِ لولو

ستہٕ وٗری شے پتہ گژھ کرٕ مے    ژیٚنے پتہٕ درایس کرانہِ لولو

آیس ژیٚنے پتہٕ وتہٕ وُچھاں    ژایس دروازٕ چانہ لولو

ژھونجہ اکہِ ساتھا درشُن دِم    پٚنجہِ بیٚہہ ساتھا میانہِ لولو

لیٛو کھمُت یی اوس ذاتِ پاکن    تقدیرٕ ازلے سانہِ لولو

ٹوکھ لوٗگ مولہٕ لِس لالس مےٚ    نیر ووٗنی لالچہِ کانہِ لولو

کیاہ سنہٕ کسنہٕ گوٚ وازلُک کوس    یَس نہ گوٚ وُنہ کوو زانہ لولو

جنتچہِ حوٗرِ مےٚ جنتس منز    ژیے ہِوا لگہِ نو لانہ لولو

مقبولؔہ تتھی پٔٹھ راٗضی روز

لیٛو کھٔنے یہِ ازلی لانہِ لولو

O

عاشِ ہتی زار وَن لَس تہٕ لولو
یارس عار اَن لَس تہٕ لولو

منصوٗر لا ٔگتھ منہٕ نِش نیر
ان وَن پٹھ دارس تہٕ لولو

تھپھ کر لا ٔگتھ شیخ صنعانٔ
عشقِنِس زنارّس تہٕ لولو

پوٗنپر بن دز نارس منز
پأری ہو تتھ دزنس تہٕ لولو

رِندٕ یُس موٗد زندٕ اِدٕ ے روٗد
شابش تتھ مرنس تہٕ لولو

یارٕ سُند ذٕرٕ ذٕرٕ یَس منز چھے
آفریں ذٕرٕ ذٕرس تہٕ لولو

یارٕ سُند وصل ژ ٔے بنہٕ ییٚ زاہ
حأصل فکرٕ کنٔ ذکر کرتس تہٕ لولو

مقبولہ دیدٕ کر حأصل چھے
یارٕ سُند لوٗب برتس تہٕ لولو

O

یارٕ سُند میے لول آمو منز منس
کرسہٕ ڈیشن تھچھ بہٕ کرٕہس دامنس

ویرٕ تمی سنزٕ گرِ نیرتھ بروٹھٕ آم
کوٚہ تھوٚد تہٕ دوہ آمو لوسنس

زندٕ پانے زندگی میے ترٲو نو
کاٗلی نا آسُن بنیم یتھ آسنس

درٕد دلہٕ گے یوٚد وَنے بو دردلس
آہہ میانے مالگی آتش ونس

چھس نصیحتھ پانہٕ بوٗ پانس کران
آب چشمن ہُند چھکُن پتھ ڈٕ دونس

روز ہوٕہس ستی منز روٗحس سُنتھ
بوز مو فرماں نفس رہزنس

خاٗلی مو دَم تراو پے یاد خدا
کاٗلی یتھنوٕ ژیے گرژھی سرتل سونس

سونتہٕ وَو تو بیول زاگے ہبس پتے

کالی ہو باگے کرکھ ژٕ خرمنس

ذکرِ ہُند وو بیول سگ دِس فکرِ ہُند

یتھنہ گرٕھی آب نیرتھ ژیے کھتس

لاگ بُلبل زاگ منز باغس ہتبس

بوے یٔیتھ وُچھ رنگ وروے اتھ گُلشنس

اَن مو ون انت باقی انت وَن

سۄر کر منصورٕ سٕندی پأٹھی اَنس

پے ہیتو عرفانہ کے میخانہٕ ژے

دمبدم مقبولؔہ لے کر مَے چٕنٕس

O

بُلبل بنتھ منز گلشنس
یارس دِتو وُنی درشنس
منصوٗرِ سندِ ہو سوٗر گوٚو
دارس تہٕ نارس تے انس
ظأہر وُچھ انوارِ حق
کر سأل مُلکِ بأطنس
اوّل تہٕ أخر کر سرے

--------------

فیکونن یا متھ کلہٕ تل
زُو ژاو تامتھ آسنس
دوٗبارٕ اِدٕ أمی آسنن
کوٚر میٖل گُنے نا آسنس
سون آہنس کینژن سپُن
کینژن سپنی رٕتل سولس
یم أسی یارس ژھارٕ وُنی
تم بیٹھی غارن منز ونس

خلوت چھِ کینہہ درغار شوق
عشق خدا ہیتھ منز ونس
وِردِ الٰہی ہیتھ دِلس
یتھِ مانچھ آساں منز گنس
بیٚہہ در طریقِ اولیا
تھپھ کر ژٕ تہندس دامنس
خمخانہ دِل چھے عشقُنے
لے کر تتہٕ ہر دم مَے چنس
سگ تراو چشمن ہُند گُلن
ڈیشکھ ژٕ سبزی بامنس
وَو بیول ہیٚس زاگے پتے
باگنے کرکھ اِدٕ خرمنس
سیقلِ ژٕ کر تو ذکر ہنز
کھے کاس دلہٕ زِکس آٗئینس
کر جوئے چشمو رِنٕز رواں
سبزی ژٕ ے پھیری ڈٕ دونس
مقبولہٕ ہر دَم ذکر پر
سون ژٕ ے بنی اِدٕ آہنس

○

کر کوٗشِس جسمانٔی پرٕ ذکرِ حق روٗحانٔی

ژٕھ پان پانس نشہٕ رٕژھ منزل وٗجدانی

ترٲوِتھ ژٕ دُیٔی واتکھ در عالمہٕ یکسانی

وُچھ بازارے حاۘرتھ ہیتھ نیرٕ ژٕ حاۘرانی

با نوٗرِ وحدت رَل از خویش گژھک فانٔی

پرٕ ذکر خفی درجاں اے سالکِ حقانی

تن تراو در مسجد دل نمراو ژٕ پیشانٔی

مُشتاق بدل روٗزتھ وُچھ یارِ جانانی

مَے چیتہٕ دَمہٕ دَمے از بادۂ عرفانی

سرٕ تراوسرے کویش مو رٕژھ سرگردانی

وَل تو ژٕ مقبولؔس

ووٗنی خلعت ایمانی

O

خستہٕ جگر چھُم کس ونہٕ گژاوَے      تس میون پأغام نِکھنا کاوَے

دِل چھُم افگار ، کیا بوزتم زار

روزتم تہٕ عشقُن افسانہٕ باوَے

از عشق رویت و زِ رشکِ مویت

گُل گٔے برٕ ..................

ڈیشتھ روخ چون ماہس لوٗگ گژون

ئِج درٕ زرٕ زرٕ گِج آمہٕ تاوَے

از سون یِکھنا درشُن دِکھنا

فرشس خوشبوے ہا وتھراوَے

یتہٕ چھُے آدن تھاوتم ژٕ لادَن

ہی تَن نأوِتھ آیژ بہٕ تھاوَے

چھُم آرزو یِ یکبار گوَ یِ:

برٕ تراو وٗتھ سر کھور تَل بہٕ تراوَے

در نارِ ہجراں دِل چھُم مےٚ سوزاں

پَژھ تی چھُم سینہٕ مُژ رِتھ بہٕ ہاوَے

مقبوٗل ہر دَم تھوٗتھ      فردا بیداد ہا یاد پاوَے



ہانژلہٕ از وولہٕ، سون وولو کرون وندأیو
کاژ زۄنہٕ دیُت تھم گرون وولو کرون وندأیو

ربہٕ تنہٕ گنڈنم ظألمو ویٚہہ کھیٚتھ بہٕ مارے پان
ہیٚہہ گوم سریٚہہ چھُم چون وولو، کرون وندأیو

وجرأوتھس متہٕ ہوشہٕ ییٚتم روشہٕ نومے بال
ہی پوشہٕ تھرے تون ولو، کرون وندأیو

ہیوٚت داغ تیٚتھ لالن یُتھ خال سیاہ چون
ییٚلہٕ حال وچھن میون، ولو کرون وندأیو

آراستہٕ چھُس لولہ چانے قول ما چھی راست
چھُم ہول دِلس چون، وولو کرون وندأیو

برقتلِ مرد‌ُم کان چھی مجگاں لِدتھ سخت
ہارنجہٕ بُمن کون، وولو کرون وندأیو

دردام کوکل بستہٕ سپنٕ خستہٕ دِل بُلبل
تی گوکھ لیکھت ، سون وولو کرون وندأیو

مہتاب تاباں روی چھی گیسوے تابان
یکبار تمی ڈیشون وولو کرون وندأیو

دل تنگ گو مقبوٗلؔ تھوتھس ییٚلہٕ کھٹتھ پان
چھک سنگ، مےٚ نو زون، وولو کرون وندأیو

O

یکبار دیدار دِیہِ نا ویٚسی یے　　　دِل گوم موٗت یار ییہِ نا ویٚسی یے

ہا متہِ لوٗلکی مَس کھاسی بُری مس

ہاوسہِ داماہ چیٚیہِ نا ویٚسی یے

پرٛیہِ وِنی ہی تن ناٗوم ان تن

چھاٗوم ہی لَس پرٛیٚیہِ نا ویٚسی یے

سِر باوتس صاف ان لَس انصاف

وَنتس اسہِ مُلو ہیٚیہِ نا ویٚسی یے

یوٗت نوزُک تن منوٗتھ انتن

رَنہِ مرٛ نیاٗمرٛ کھیٚیہِ نا ویٚسی یے

تھَپہِ گوم دِل یِیتھ منگہٕ ہس قمتھ

سَرٕ کرٕہا کتھِ ہیٚیہِ نا ویٚسی یے

گَس ونہٕ احوال کوٗرنس ماماں

مالے چھَم لیہِ ییہِ نا ویٚسی یے

ژھونجہِ اکہِ ییہِ ہے کیٚنہہ نہٕ منگہٕ ہس

سوے شیٚچھ لَس کانہہ نیہِ نا ویٚسی یے

لَس میون زاہ یاد پیٚیہِ نا ویٚسی یے　　　ترٛاوِتھ مقبوٗلؔ گس گوٚو مشغوٗل



دَمہٕ دَمہٕ لے تھاو ستہٕ پاک ذاتس

دَمہٕ دَمہٕ تسی کُن مشغول روز

شوبہ وُن آسکھ منز کایناتس

دل گنڈ تسی کن دل دِتھ روز

وُچھتو تمی سندس ذات و صفاتس

تمہِ ستہٕ گرِٛتھ یو دل افروز

لوٗب تھاو در دل دُہس تہٕ راتس

تس دلبرٕ سُند دَمہٕ دَمہٕ بوز

غاٗفل مو بہہ ژٕ کُنہِ ساتس

قاٗفلہِ رہزن چھی ہر روز

مقبولہِ واتکھ تیٚلہِ درجاتس

ییٚلہِ نارِ عشقنہِ آسی سوز

O

وأتتھ سُے چھُے ذرس ذرس ہر جایہِ وُٲنۍ دِو ہرس گُن

ژھاراں اندری پنہٕ نِس گرس دُر، ستہِ سر دس نیرِی نوٚن

ترٲوتھِ دےٕ وُچھ یتھ بوٗسرس لتس ذاتہٕ سندس دَرس گُن

فرق موکر پنہٕ نِس تہ پرس اِدٕ ہا واتکھ ہَرس گُن

ژوٗر چھِی زاگان لعل انبرس وتھ زاہ دِ زیٚنس نہٕ گرس گُن

گاڈ زن تل بیٚہہِ سمندرس خوف کر وتھ چھنہ ہرس گُن

آبہٕ منزٕ ڈلی زِنہٕ اکس ذرس نتہٕ ہا واتکھ درس گُن

حزانہ نیٚبر چھُے سینہٕ کِس گرس

مقبولہِ وُچھ گوہرس گُن

O

آیاس بہٕ دوِ کُنُے زونُے
گُنز سے گے مُتھ بہ دنیاے
لایق اوس نو میونے زیوٚنُے
کرٕم نو زاہ پٕژرچ راے
مَردوٗ وَن کوٚت دوزخ سوٚنُے
زرٕ زرٕ آسکھ سرتاپاے
مقبوٗل آسن عرشس کُنُے
فرشس پیٹھ کتہٕ أسکھ جاے

O

نوٗرٕ تہٕ رحمتہٕ ستیٖ مِلہٕ نووٗن
محمدؐ صاحب تھوونس ناو
فلکن کھأرتہٕ ملکن ہووٗن
از میون معشوق میٚے نِش آو
آبس تہٕ خاکس منز یلہٕ ترووٗن
قودرتہٕ ستین نار تہٕ واو

ترتیب تھوونس پانے تھوون
تمی سۍ حضرت انسان ناو
حضرت آدم تمی وۄدِ نوون
جنتہٕ نشہِ ییٚلہِ نیبر دراو
کنکہٕ دانہٕ کِتھ پاٹھی جنتک کھیوُن
ودان در دور دُنیا آو
حضرت نوحس پأغام بوُن
گرس جلدٕ ے جلدٕ ے ناو
توٕ پتہٕ باران تہٕ طوفاں تروون
ہأوِن سختی تہٕ قہرُک واو
میثاقک دوہ نوٚن ییٚلہِ ہووُن
عالم ارواح ظأہر دژاو
کُس دِتُن ایمان تہٕ کُس مند چھووُن
مقبول کُس کُس تھووُن ناو

O

ژٕ یکھنا دلبرو از سانہٕ سالے
شباہ یتہٕ بوزٕہکھ عشقنہ مثالے
وَنے بو حالِ دِل کُس حال کوٚرتھم
ینٔے ژول ہم تتنے دِل چھُم بنالے
ژٕ دِل نتھ ژوٚرِ روٗدُکھ دوٗرِ ڈیشتھ
بہ عشقُن نار کوتاہ موٗرِ ژالے
نکھے ترأوِتھ ژوٚلکھ شکھ کمِ ژیے بوُے
توے روٗدُکھ کھٹتھ رٹہ ہتھ بہٕ نالے
مہٕ ژل روٗشتھ ہتو ولہٕ سرٕ و میانے
بہ ژیٚنے پتھ پرٕد درالیس خوردٕ سالے
الف قد دال زن درغم ہٕلتھ گو
ژٕلتھ گوہم وٕلتھ زن عشقہٕ زالے
وٕلتھ زالے ژٕلُن چھنہ شرطہٕ یأری

گلِتھ سوندر گیس وونی کہو سمبالے
جگر در تاب، دل چھم درتب غم
بلے ییلہِ چاوٕ ہم وصلک میے پیالے
میے شراون ہیہِ شیرے جاے أَسم
ژینے گَرتھس مایہِ رستیو پایمالے
زجام وَصل اکھ داماہ دژوتھم
اوے نیوتھم تہٕ دیت تھم نو سو کالے
شمع روخ ہاوِتھے پروانہٕ کوٗرتھس
ژےٚ کینہہ پروانہٕ یوٚدبو پان زالے
بہ گردِ ماہ جبین چھے ۔۔۔
تتھےٚ یتھٕ گردِ ماہ شوبان چھُ ہالے
دُو بادم چشموٕ ے ژیے یام وُچھ تھم
بہ مجگاں لوے تھَم سینس میے بالے
زلُف چھِی دام بُلبل گل روخس خال
چھُ لوٚگمت زالہِ زن چینک غزالے
میے گوٚو دِل خستہٕ ڈیشتھ نستہٕ خنجر

گُلن آسان، بُلبُلن وونی چھُم مَحالے
دَہانت جانِ مرجاں کانِ یاقوت
شکر لب رٔژھ پھٔلی دند موکھتہٕ مالے
پری روخ دِلربا گلبُن نگارا
صنوبر قد، سمن بر ماہ مِثالے
دِلس نقشِ محبت سۆن مے کھۆنتھم
چھٔلتھ تراوُن بنیا آب ذُلالے
ستمگارا یہ دِل نیوتھم بتاراج
مَشَم وونی، زُو تہِ کرٕہے ژٔیے حوالے
بیک عشوہ ہٕیتم مٔلی بھر اللہ
دِمے مُلکِ دِلس کری تھٕے قبالے
عبث اوسم گمانا نیرہم یور
وون زونم خام اُسم تم خیالے
اول زونم تہٕ برم چھُم چون مُحبت
پتو داغِ جگر تھوتھم چولالے
بگردن نٲلی رۆٹ تھم لولہٕ کُے جیل

ژٕلے کوٚت جیل دوکریٚنم کُشالے

مُدا اوسُے کرٕنی آخر جدأیی

چھوٚنے اول ژٕے کوٚرتھم قیل و قالے

سیوٚ دٕے وَن، ہاژلولوٚ دتھم ژٕے کیاہ راہ

ویوٚ دُے چھٕی چانہٕ پرُژ کیاہ چھُم مے حالے

مسأ ژٕ ژٕھ دوستی، مورٹھ غوصہٕ مہون

شِکستہ دست چھم گردن ووبالے

فنا کوٚرتھس ہَنا اکھ کرتہٕ انصاف

سنا مو گژھ کرے ژٕیے پتھ گوپالے

ژوٚٹم دامانہٕ چوٗنے وونی مہٕ تراوُم

پشأنی چھس مشأنی چھم نہٕ مالے

یتو مقبوٗل چھُے بیمارِ عشقن

بلے چانی ینے، ہاوُم جمالے

# وژن

O

چشمہِ لوسم لتس کُن گرٛیشن

کریشن چھَس کر ڈیشن یار

زخمن دود نا ژلہِ دِلریشن

کریشن چھَس کر ڈیشن یار

کم چاٲوی ساقین مے میخانَے پانَے روٗدُکھ پیالہِ بردار

کیٚنہ گےٚ سیرتہٕ کیٚنہہ وُڈھ پھیشن

کریشن چھَس کر ڈیشن یار

کیٚنہہ چھی رٕزِتھ قالس آسان حالس پنہٕ نِس کُن ہُشیار

کیٚنہہ چھی رٕڈٕ ہتی مکرٕکی کیشن

کریشن چھَس کر ڈیشن یار

مستانہٕ مس چیٚتھ عشقُن آمتی ژاہتی تنہٕ چھی تم در غار

جدٕ گوپھِ منز زٕٹھر اواں ریشن

کریشن چھَس کر ڈیشن یار

عاشق روٗزِتھ معشوقس کُن ییہٕ نا دِیہِ نا سہٕ دیدار

عارِف تہٕ واصِل تس پیٹھ گرٛیشن......

وق ییٚلہِ پوٗنُر عشقُن ڈیشن          از خود گو ییٚلہِ پیٚو ودر نار
زول سُے شمعہکی جلوٕکی تیشن
کریشن چھس کر ڈیشن یار

رٕش ہیٚتھ عشقٕنی ریٚش بیٹھی غارن          روٗزِتھ وُچھوٕنی تم اسرار
دمہٕ دَمہٕ سیرِ حق تتہِ تم ڈیشن......

مَن ییٚلہِ سرٕ کوٗر منصورن نٔے          اَن اَن وٕنی وٕنی کھوٚت بردار
رنگہٕ رنگہٕ دأ دی تُلی تٔمی درویشن......

حضرتِ صأبرسٕ کیمی پیٚیہِ پانس          جانس تٕسندِس گو مِسمار
تَن دِتھ روٗدسہٕ زخمن تتہٕ نیشن......

موکھ شیٖرینہِ ہُند وُچھ فرہادن          اولٕے آو، تٔمی روٚٹ کُہسار
مارٕ کوٗر یارٕ دأ دی عشقٕنی نیشن......

رَتھِ کھار مضموٗن کتھِ ہُند بوٗزِتھ          روٗزِتھ بیٚہتھو دِل بیدار
تتہِ مامول چھے زٕ ٹھین ریشن......

رنگہٕ رنگہٕ پوٗش اُمی بے رنگن          رنگ کیاہ دیُت نگھ درگلزار
مقبوٗل پیوٗمُت منز اندیشن
کریشن چھس کر ڈیشن یار

O

دے سائنی دِلبر تراوِنا   ڈٕپٕ توس دیدار ہاوِنا

تَس کرشمیے نأوم روپہ تن   سونہ سأو وچھن چھس وتن

ییہ نا سہٕ ہی گل چھاوِنا   ڈٕپٕ توس دیدار ہاوِنا

تھاوین وٕتھ چشم عطا   کوٚ زانہٕ کیاہ لوٚدنم خطا

چیٖں از جبیٖں مژراوِنا   ڈٕپٕ توس دیدار ہاوِنا

عشوے گرس تس دلبرس   رس ستی لوٚگمت تس پرس

اسہ گُن تہٕ نظراہ تراوِنا   ڈٕپٕ توس دیدار ہاوِنا

اغیار یارن یأریاہ   گرنم نہٕ زاہ غمخأریاہ

أندرم کتھاہ ووٚنی باوِنا   ڈٕپٕ توس دیدار ہاوِنا

وٕنی تو سہٕ کوتاہ لاگہٕ دوٚر   یُس دامِ زلفن رام کوٚر

آرام دل تس راوِنا   ڈٕپٕ توس دیدار ہاوِنا

تمی دوٕر پھوٚل مولہ وولہ نم   از عشوٕہا دِل زول نم

اکہ خندٕ ییہ شہلاوِنا   ڈٕپٕ توس دیدار ہاوِنا

مقبوٗل سوز عشقن کران   از دید خونِ دل ہران

شاید مے گُن گن تھاوِنا   ڈٕپٕ توس دیدار ہاوِنا

O

ناداں لوگم میے لوکہ چارس
یارس ستین ترأوِم زان

زاہ تہٕ نو پۆشس نفسِ امارس
یارس ستین ترأوِم زاں

ژاس نو زاہ تہٕ بو عشقہٕ بازارس
عشقن وچھ ہا تتہٕ سامان

پرژھ ہا مول نشہِ سودا گارس
یارس ستین ترأوِم زاں

دل بو ونہٕ ہا تس دلدارس
بخشم تیمی مےٚ زُو تہٕ جاں

انسان ونہٕ نم میے نابکارس
یارس ستین ترأوِم زاں

دیہ نا درشن میے نا ہموارس
ییہ نا رٹہٕ ہس بو دامان

یور پکہِ سہ توری پتہٕ پتہٕ لارس
یارس ستین ترأوِم زاں

وُچھ ہا بیہِ تس گُل روخسارس
وُچھ ہا تمی سُند مُشکاہ جاں

تیۆت نو مُشک چھُی مُشکِ تاتارس
یارس ستین ترأوِم زان

آیاس کتھ کیتھ یتھ سمسارس
زایاس مند چھاونہِ بو پاں

پوشُس نہٕ لأنس لانہِ نِس کارس
یارس ئتھین ترأوِم زان

پھُلیاہ وُچھ تھا تتھ گلزارس — دِل چھُنہ غمہ رُس زاہ آساں
منگہٕ کیاہ باغہٕ کِس ہیہِ سبزارس
یارس ئتھین ترأوِم زان

عأرف واقف گیہ اسرارس — تعریف تہندی در قران
زأرِلن ئکتی منز عشقہ زُنارس
یارس ئتھین ترأوِم زان

وحدتھ ہُمی سہٕز کتہ کتہِ ژھارس — کسرتھ وُچھ وُچھ چھَس حأران
قو درتھ چھِ ئکرِتس موآز کارس
یارس ئتھین ترأوِم زان

زندٕ پانہ ئکتی دٕزِی منز عشقہٕ نارس — رندِ درایہ ئِکتیاہ در عرفان
میٔل گوٚژھ تس ئتی دِل بیدارس
یارس ئتھین ترأوِم زان

مقبولؔ ژھاران پروردگارس — عارتس ییہ نا دِیہ ایمان
محرم کرِہس سیرِ اسرارس
یارس ئتھین ترأوِم زان

O

مَصحفہ اندرے بوز آلو پانے لونکھ وَو با وَو
وَحی حق چھے تتھ گن تھو
پانے لونکھ وَو با وَو

انبیاؑ یِی گے برونٹھ بأوِتھ اولیا تی گے یاد تھأوِتھ
غأرن پٹھ یلہِ بوزکھ پیو
پانے لونکھ وَو با وَو

کھسہٕ وُن اللہ تہٕ وسہٕ وُن ھوٗ دمہ دمہ پرتو موجود چھُ
تی پوٚر قطبو بیٚیہِ غوثو
پانے لونکھ وَو با وَو

دَمہ دَمہ دِلہٕ کِس باغس اژھ رُمہ رُمہ تتھ پتہٕ پھیران گژھ
لَبَیک بوزکھ تورِ گوشو
پانے لونکھ وَو با وَو

ونہِ کڈ ذانس نشہِ کسرتھ بنہِ یِیس ننہِ وانہٕ وُچھ وحدتھ
ھنہِ ھنہ میلتھ تتہِ چھے شَو
پانے لونکھ وَو با وَو

شوقہٕ ستیٖ وُچھ لتس معشوقس یارس نشہِ مول چھے ذوقس

عشقنہِ مشکہٕ ستۍ سپنہٕ برتو

پانے لونکھ وَو با وَو

گوندری أندرے مندرن پھیر عرفاں وُچھ وُچھ سپنکھ سیر

نورِ حق ہاوی نشہٕ پرتو

پانے لونکھ وَو با وَو

نیکو ین میوٕ نیرِ نیکے زان تتھ چھِ گواہ آیہ فرقاں

پان مو ضایہ کر ستۍ گونہ ہو

پانے لونکھ وَو با وَو

دُنیا چھُ باغ ہیو بیول تراوُس ذکر ہُند فکرِ ہُند آب چھاوُس

آبہٕ رُس بیأیس کھسہ نو تھو

پانے لونکھ وَو با وَو

دُنیا چھُ فأنی بیہ تاوَن کأنٛسی ہو گڑھ کھواتھہٕ ہاوَن

گورِ بلہٕ پراران ژیٚنے چھُے کھَو

پانے لونکھ وَو با وَو

استہ استہ یارو ترو رفتار گورِ بلہٕ پراران سأری یار

غأفلہٕ مقبولہ قأفلہٕ گوٚو

پانے لونکھ وَو با وَو

O

ونہ لُس سوزو گداز

ژھلہٕ باز نیوٚنم یأری یے

نظراہ کرنا بہ ناز دیُوٚ میانئ وُچھ ہے خأری یے

نقدِ دل دِمہٕ ہَس نیاز

ژھلہٕ باز نیوٚنم یأری یے

پنجہٕ دتھ گوم شہباز طوطس ونتے ہأری یے

ژھونجہ اکہ ییہ نا باز

ژھلہٕ باز نیوٚنم یأری یے

ییٚلہٕ تمیٚ ترٚوو پرواز نیونم لڈٕی لڈٕی بأری یے

تنہٕ چھُم چھونہ نےٚ ماز

ژھلہٕ باز نیوٚنم یأری یے

از غمزہ تیرٚ انداز لوگنم تمیٚ شکأری یے

جگرس گدیٚ چھِم باز

ژھلہٕ باز نیوٚنم یأری یے

عشقنی در پردٕ راز منز ووندِ کھٹہٕ ہاسأری یے

امّا اوش چھِم غمّاز

ژھلہٕ باز نیٚونم یاٗری یے

وُچھہس کوٗکل دراز بچھنم زن شہماٗری یے

تم ٹوپہٕ سرِ کانہہ ساز

ژھلہٕ باز نیٚونم یاٗری ئے

خوبان چیٚن قفقار شُبنس خدمت گاٗری یے

شوبان چھِ در شیراز

ژھلہٕ باز نیٚونم یاٗری ئے

سوزس کُس سرفرار انہِ ہس ؤنی زاٗری یے

ییہ نے تہٕ راویٖم ساز

ژھلہٕ باز نیٚونم یاٗری یے

اٗنی مس خوش آواز سازندر تہٕ سیتاٗری یے

گژھ ناراست ناساز

ژھلہٕ باز نیٚونم یاٗری یے

مقبولہٕ در آغاز عشقن شیوٕ خونخاٗری یے

انجام خاٗطر نواز

ژھلہٕ باز نیٚونم یاٗری یے



ڈونٹھ باغس پھلیے پیوم
موٚت یاوُن کوٚت یے گوم

روپہ بدنس کوٚرنم تژام
آم نتہٕ یٔژ لول ہے آم

یام نیرتھ سوٚت سوت گوم
موٚت یاوُن کوٚت یے گوم

ہی مالہ گوم أری نے رنگ
ٲگی راین أنی نس تنگ

زاہ لأنس ژولم نہ بوم
موٚت یاوُن کوٚت یے گوم

لالہ رویس گیم آرٕ ول
گیم سونہٕ سیٚہ مےٚ سرتل

بوی عنبر موے چھوٚت گوم
موٚت یاوُن کوٚت ے گوم

أچھ ژانگیٖن اشہِ کُے تیل
خاصہ زۄلاہ برسبیل

نار دلہٕ کُے پژ زلا ویوم
موٚت یاوُن کوٚت ے گوم

لولہٕ مسہٕ کی بٔری مس کھاسی
ہولہ ستیٚ گوم دِل وُداسی

قولہٕ سأری تمی یارنےٕ چوم　　　　موٚت یاوُن کوٚت ئے گوم

یَنہٕ سحَرے گونشہِ نیرتھ

تنہٕ آم نے پوٚت پھیرتھ

دیٖوٕ أسیٖس کُنہِ کانہہ کوم　　　　موٚت یاوُن کوٚت ئے گوم

دٕردپتھٕ نے دِمہٕ سے وُٗنی

تتہٕ گارن کتہِ وُٗنی وُٗنی

لألہِ ہُندقأس ژھانڈُن گوم　　　　موٚت یاوُن کوٚت ئے گوم

مقبولَس　چھُ　ارمان

کتہِ ڈیشن جانِ جانان

ینہ گوم تنہ افسوس کھیوم　　　　موٚت یاوُن کوٚت ئے گوم

O

أچھ میے لوسم دارِتہٕ بری یے    سوندری یے سون یکھنا
شۆچھ لدٕ ہےَ منزٕ چھم ٹھری یے
سوندری یے سون یکھنا

درایہٕ استری ونہٕ چے پُرٕی یے    زٗوو کرنے بوزکھنا
سرٕ وموکھ زن ڈٕری کری کری ئے
سوندری یے سون یکھنا

زٲلی پنجرچ ہارنگہ ژری یے    أ لی لنگہٕ لنگہٕ ییرکھنا
کاٲلی پنجرٕ روزن ژھری یے
سوندری یے سون یکھنا

تازٕ چمنچ نازٕ ببری یے    ساز ووڈِ ہنگہٕ لاگکھنا
اشک چونے مشک عنبری یے
سوندری یے سون یکھنا

لولہٕ مسہٕ کی کھاسی میۓ بُری یے    رأسہٕ داماہ اکھ چکھنا
کھسہٕ ڈٕنی پورِ ماہ پیکری یے
سوندری یے سون یکھنا

مست سۆمبل دستہٕ کمی کری یے    خستہٕ بلبل گے پھلوا

استہٕ استہٕ لگی والہٕ بری یے

سوندری یے سون یکھنا

اسہٕ ؤنی میأنی کوسم تھری یے کھسہٕ ؤنی کیاہ چھک رعنا

ڈۄری سگہ وان ٹۄری ماہری یے

سوندری ئے سون یکھنا

مےٚ ژیے ستۍ چھُنہٕ سرسری یے میٖژ ستۍ میٖژ میلہٕ یکجا

میٖژ موجا وُچھ میٖژ مُری یے

سوندری یے سون یکھنا

سیم بدنس سیم تن زری یے جیب و داماں پُرزیبا

زیرِ جامن جُری مٔتی ژری یے

سوندری یے سون یکھنا

سونہٕ گوڈ نے چھِی گوڈ کری یے موکھتہٕ جۆرمت شوباں کیاہ

پوٗحتہٕ کأری کمی گۆریہ زرگری یے

سوندری یے سون یکھنا

یٖیمہٕ سمسارچ خۆنخوٲری یے ووٗنی مقبوٗل ژٕ بنکھنا

سأری آیہ أری ، گے مأری یے

سوندری یے سون یکھنا

O

ینہٕ ژھلہٕ ہێتھ گوم آرامے		تنہٕ یور نے آے یار
ونہٕ گس بالہِ لۄگُم خامے
تنہٕ یور نے آمے یار

زالہٕ ؤجنس زُلفکہِ دامے		نال ؤلی تھےٕ چھم شُمار
بالہِ بچھنم سیم اندامے
تنہٕ یور نے آمے یار

راز چشمے زن بادامے		خشمہٕ بُری بُری پرخومار
ترک آہوُکس قتلِ عامے
تنہٕ یور نے آمے یار

کامہٕ دِوگوم عشقہ مُقامے		پامہٕ دوان چھم اغیار
خام چھس نتہٕ ژٹہٕ ہا جامے
تنہٕ یور نے آمے یار

چھو رأونس عشقنہِ خامے		نام زد چھس بیہ بزگار
آرام نتھِ گوم نو رامے
تنہٕ یور نے آمے یار

خونِ دلہ ستی لیکھِ ہا نامے		زونہِ گوُمت چھم شب تار

کُنہِ ہیہ نا صُبحہ یا شامے

تنۂ یور نے آمے یار

ڗیہ کُس تس میون پأغامے ہیہ بدنس گوٚنڈنم نار

ژلنم بریامے.....................

تنۂ یور نے آمے یار

جان تن دِل دۄہن اسلامے مال زر کوٚرمس نثار

سأر صورتھ سوٕرے دژامے

تنۂ یور نے آمے یار

مُلکِ خابکہِ شاہِ خود کامے خورد سالے چھُم آشکار

غمزٕ، غارت، خنجٕ انعامے

تنۂ یور نے آمے یار

ژوٕ رِماہ روخ دوٕ رِوٕ چھامے گوس مقبوؔل محوِ دیدار

کامِ دل آم نو انجامے

تنۂ یور نے آمے یار

O

دلدارٕ دل و دین نیوتھ یکبار　　　دِلہٕ بوز ولہِ زار ییہ نے عار

لَلہٕ وُن تھوتھم لولہ لولہٕ نار

دلہ بوز ولہٕ زار ییہِ نَے عار

بلہٕ ِکتھٕ دشوار چھُم آزار　　　ژلہٕ کوٚت ژلنس رٕۄ دم نہٕ وار

چھِے مارِ گیسو مُردم خار　　　یم مار پچھن ما، اسہِ مو مار

مرٕ یوٚ دوَے مٹہِ کھسہٕ نے بار

دِلہٕ بوز ولہِ زار ییہ نے عار

بادام چشمہٕ چھِے جودوگار　　　از عشوٕ کری زِنہٕ آہو شکار

تمہِ خومارٕ گے ہرنہٕ بیمار

دِلہٕ بوز ولہِ زار ییہ نے عار

شمشاد قد چوں خوش رفتار　　　غم کاسہٕ وُن لول شیرِیں یار

خوش روے خوش خوے خوش رفتار

دِلہٕ بوز ولہِ زار ییہ نے عار

زلف پُرچین مشک تاتار　　　روخسار بستاں گیسو مار

ہیہ تنہِ یوان چھِے مُشکٕے دار

دِلہٕ بوز ولہِ زار ییہ نے عار

بستہ دنہت غنچہ کردار رژھ پھٔلی وٕتھ لعلِ شکر بار

قندٕ کھوتہ شیرین خندٕ بسیار

دِلہٕ بوز ولہِ زار ییہ نے عار

خوش آو ز روز خوش آو بہار لوٗگ تاز سبزار پھوٗلی گلزار

پھوٗج ہی تہٕ مسول لگی شالمار

دِلہٕ بوز ولہِ زار ییہ نے عار

لوگھ بدمس ناہموار زاٗ گتھ نیوتھم دلہٕ ئُے قرار

فردا نیرے داوا دار

دِلہٕ بوز ولہِ زار ییہ نے عار

عشقٕ دریاوس گُس لبہ تار نے چھُ تتھ حد گُنہِ نے چھس کنار

تتھی منز مقبوٗل چھُس لاچار

دِلہٕ بوز ولہِ زار ییہ نے عار

O

اسہِ کُن تلی ٹارِ مے وُچھ لتی یے	أسی مأری چاۂنی ماۂر متی یے لولو

ژھلہٕ دل نیونم ماہ صورتی یے

ءأسی مأری چاۂنی ماۂر متی یے لولو

پیچاں کوکل چھی کارِ پتی یے	خوشبوے یُتھ کارِ پتی یے لولو

گیسو سوٗمبُل زن لوٗہتی ے

ءأسی مأری چاۂنی ماۂر متی یے لولو

خوٗن ریز مجگاں چھی تیز پٔیتی یے	یسی آے سُے پیوٗ وتی یے لولو

زن ترٲوِتھ مأرتھ شمشیر مٔتی یے

ءأسی مأری چاۂنی ماۂر متی یے لولو

غمہ چانہِ ماۂر گے کم ماۂر متی یے	مٹہِ بار وُچھتہٕ ءکتی کھٔتی یے لولو

گش گو.........................

ءأسی مأری چاۂنی ماۂر متی یے لولو

شکرلب چھی قندہٕ برٕ متی یے	بیمار عاشقن کتی یے لولو

خند چوں شیریں قند شربتی یے

أسی مأری چاۂنی ماۂر متی یے لولو

شرِ چانہِ عاشق چھ گامتی گتی یے	ہر ساتہٕ رژھ تہِ برکتی یے لولو

دِلہٕ سوز وِلہٕ بوز از روز پیٚتی یے

ءأسی مأری چأنی مارٕ متی یے لولو

کلہِ چانہ کریٚہنی گام جامہ چھتی یے          للہٕ وٗنی چھم نارٕ تتی یے لولو

پیتی خوٗن کرنی چھی مارٕتی یے

ءأسی مأری چأنی مارٕ متی یے لولو

دوٗرچھے مقبوٓل خوٗبصورٕتی یے          مورِ نار ہیٚتھ پتی پتی یے لولو

یتہٕ روشہ ووتھرے ہیٚیہ پوشہِ پھوٚتی یے

أسی مأری چأنی مارٕ متی یے لولو

O

ژھایہِ وُ چھان پتہٕ پتہٕ لارس　　　تس یارس رَس کتہِ لوٚ گمے

مایہِ رٕ ستِس ناپایدارس

تس یارس رَس کتہِ لوٚ گمے

مارٕ موٚت چھم خُمارٕ رُستے　　　مارٕ کوٚ رنس گوم عارٕ رُستے

مارٕ کوٚ رنم کیاسنہٕ دارس

تس یارس رَس کتہِ لوٚ گمے

قدِ رعنا چھس سروِ نازَے　　　ختہٕ گُل رنگ غاٗرت غازَے

حد خوبی ماہ رُخسارَے

تس یارس رَس کتہِ لوٚ گمے

مستی زُلفن چھس خُمارٕ چ　　　مارِ زُلفن خصلت مارٕ چ

لار کرٕ وِنی دِلا وارس

تس یارس رَس کتہِ لوٚ گمے

کارٕ چھم زار، گرٕ ھِ نا بوٗزِتھ　　　وارٕ وُ چھس رُخسار روٗزِتھ

ہار زَن موکھتہٕ آلرٕ ھ ہارس

تس یارس رَس کتہِ لوٚ گمے

درٕ زوٗن درٕ دِژنس شامن　　　دارٕ نوسَر ژوٚر پر پامن

زرِ کتھ پوہ کوٚرنم ہارس

تس یارس رَس کتہِ لوٚگمے

بنہِ کیاہ یتھ عشقہٕ سأ لابس ہیٚنہٕ آیس منز گرد ابس

سنہٕ کوٚرنم کہِ سندارس

تس یارس رَس کتہِ لوٚگمے

پوشہِ موٚت سون ییہِ ناروشے پوٚش ووتھرس گوشے گوشے

پوشہِ کوٚت شوشہِ زرلا دارس

تس یارس رَس کتہِ لوٚگمے

جان ودِل نتھ روٗدُم ژھایے زانہٕ کوٚ وول گمی سنزِ مایے

پان مارس بارمٔتہِ کھارس

تس یارس رَس کتہِ لوٚگمے

یَنہٕ شُہرت پیٚیہ ییہِ دِلدار تنہٕ مقبوٗلؔ روٗزِتھ چھُ بیدار

انتظارس چھُ سہٕ دیدارس

تس یارس رَس کتہِ لوٚگمے

O

مأری عاشق چأنؠ غمن وننہٕ کمن موٚت ژٕ گوکھ
سأری وَندے دوٚن قدمن
وننہٕ کمن موٚت ژٕ گوکھ

چانہِ عشقٕکے نار کمن وارٕ کرتھ سۆر گوکھ
چھک نہ مُلے جوش ہمن
وننہٕ کمن موٚت ژٕ گوکھ

صورت محراب بُمن ینہ عاشقو وچھوکھ
تنہٕ سجدس تتی چھِ نمن
وننہٕ کمن موٚت ژٕ گوکھ

سیاہ چشمِ بادمن خشمہٕ مستی چھے بکوکھ
زن چھُ لوٚ دمُت موے خُمن
وننہٕ کمن موٚت ژٕ گوکھ

مارٕ کری چأنؠ ستمن وارٕ وتم کس بزٕمبوکھ
میوٚن اصلا چھُی نہ ژمن
وننہٕ کمن موٚت ژٕ گوکھ

کراو از چھُم کوسمن چھاو کر سأنوک نوک

تھاو لے-----

ونتہٕ کمن موٚت ژٕ گوکھ

سُلہِ باغکی پوشہِ چمن برٕ کری تھم سرٕ گوکھ

گو تسلا میٚتہِ رُمن

ونتہٕ کمن موٚت ژٕ گوکھ

گوکھ دِل نتھ موٚت صنمن کوت ستمگر ژٕ پیوکھ

ژھارتھو دون عالمن

ونتہٕ کمن موٚت ژٕ گوکھ

وُچھ یمو مقبوٗلؔ بمن جامہٕ عشقن دامہٕ چوکھ

نام خود چھُنہ یاد تمن

ونتہٕ کمن موٚت ژٕ گوکھ

○

مےٚ چھُم یارٕ ہنٛز کامن — دامن بہٕ رٹس کأٹی یے

مارٕ مُتۍ خود کلامن — وُبأٹی گُرنس بأٹی یے

مأرنس خوش نامن — دامن بہٕ رٹس کأٹی یے

ژُرک سیم اندامن — کم کم عشقہٕ گری خأٹی یے

کوٚرنہٕ تٔمۍ خون شامن — دامن بہٕ رٹس کأٹی یے

نِشہِ خاصن تہٕ عامن — دشہِ نأونس ہانژأٹی یے

لأجنس پَر پامن — دامن بہٕ رٹس کأٹی یے

تمہٕ نۍ ایامن — بأٹی سہٕ انتن سأٹی یے

نتہٕ چاک دِمہٕ جامن — دامن بہٕ رٹس کأٹی یے

زلف سوٚنبُل مقامن — سُرخ چھِ شُبان وأٹی یے

یتھ تارَکھ شامن — دامن بہٕ رٹس کأٹی یے

نرگسہِ بادامن — لٔدِتھ زَن کلہٕ وأٹی یے

لولکُے مس جامن — دامن بہٕ رٹس کأٹی یے

حالِ دِل نِشہِ عامن

مقبوٗلہٕ مہ کر حأٹی یے

چھُم سہٕ منز گُمنامن — دامن بہٕ رٹس کأٹی یے

O

متہِ موروش، پتہِ ، موروش    بہٕ لاگے أندی أندی شیرِ پوش
وداں روٗدُم نہٕ بدنس ہوش
بہٕ لاگے أندی أندی شیرِ پوش

پتَم للّٰہ جگر پارے    سِتَم کَری تھے جگری یارے
ونَے بو زار تھَو تم گوش
بہٕ لاگے أندی أندی شیرِ پوش

سیٚو دُے وُچھتَم لگے ناوَس    ویٚو دُے چھے کرِتھ لُجس داوس
گَیس با صد خرد مدہوش
بہٕ لاگے أندی أندی شیرِ پوش

پری پیکر گُل اندامَے    چو بُلبُل دِل لوٚگُم دامَے
کوو چھُ یوٗت حُسنک بوش
بہٕ لاگے أندی أندی شیرِ پوش

چو سُمبُل زلف چھی بر گُل    رنبہ ؤنی عنبرس کوگل
شُبَن کیاہ کارِ پتھ بر دوش
بہٕ لاگے أندی أندی شیرِ پوش

جبین پَرتو فلگن اختر    مگر چھُکھ از قمر بر تر

بقامت سروِ اطلس نوش
بہٕ لاگے أندی أندی شیرِ پوش

ز جادو چشمہٕ چھے کافر سیاہ خالِ مسلمان تر
لبت یاقوت شکر نوش
بہٕ لاگے أندی أندی شیرِ پوش

بہٕ زأجنس آتشن چأنی ہیٚتھ کوٚ مٔتہٕ ظلم میأنی
مُرِتھ شیٚہلیم نہٕ أندرِم جوش
بہٕ لاگے أندی أندی شیرِ پوش

بیا مقبوٗلؔ خستہ دِل
اگر خواہی شوی مُقبِل
بکش تلخی غم خوٗن نوش
بہٕ لاگے أندی أندی شیرِ پوش

# نعت

## تہٕ

# ماہ رمضانس سلام

# نعت

بوزٕ ہے قال یارسول اللہؐ روزٕ ہے نال یارسول اللہؐ

آہ چونے جمال وُچھنس مے گوم یژ کال یارسول اللہؐ

بێیہِ درخاب وارٕ ڈیشتھ نا با خط و خال یارسول اللہؐ

زُلف چھی جیٖم کج الف بینیٖ پاد چھی دال یارسول اللہؐ

چشمہٕ چانے وُچھتھ چھہِ شرمندٕ چشمِ غزال یارسول اللہؐ

روٗئے چھی شمس خوے ماہ میٖنز موے خوش حال یارسول اللہؐ

چھے ژےٚ مولوم سربسر میونے حال و اوحال یارسول اللہؐ

میے مدینس ینگ تمنّا چھُم درہمہ حال یارسول اللہؐ

کرتہٕ نظراہ مےٚ کُن چھسے گومُت بے پرو بال یارسول اللہؐ

کیاہ وَنے بو چھسے غمو کۄرمُت گنگ تے لال یارسول اللہؐ

روٗئے چھُم زرد موے چھۄت گومُت برف تمثال یارسول اللہؐ

نفسِ شومن بہ چھس سبٹھاہ کوٚر مُت خارو پامال یارسول اللہؐ

وقت پیری میے برونٹھ چھم آمُت غمہٕ گئے بال یارسول اللہؐ

دمبدم چھم دِلس تمنّا چون درہمہ سال یارسول اللہؐ

جان ہکنہٕ ہن پتُن یہکھ یوٚ دسون کرِ ہے سوال یارسول اللہؐ

ونہٕ ہے توٚت گژھتھ بہ تل پادن جان تے مال یارسول اللہؐ

کیا سنا درمدینہ تراویم نا واو بو ...... یارسول اللہؐ

دردو عالم چھ سایہ اسہِ چونے جاہ و اجلال یارسول اللہؐ

ٹاٹھی ساٗری میے چانئ چھم اصحاب یارتے آل یارسول اللہؐ

قحط و امراض رنج کروٗنی دوٗر یم مرض گال یارسول اللہؐ

ستہٕ پانس ذرا نہٕ مقبولسؔ
حُسن اعمال یارسول اللہؐ

# نعت

پنٕہ نِس رسول اکرمسؐ برتل بہٕ روضس روزٕ ہس
ہردم دروٗدا سوزٕ ہس برتل بہٕ روضس روزٕ ہس
عرضا کرس بو دمبدم عفووٗک دیٖمنا سٕہ رقم
پنٕہٕ بخشیہ نا میے فاجرس برتل بہٕ روضس روزٕ ہس
بیداد لَس چھس باونے نادن سٕہ گن چھم تھاوٕ نے
سٕے اقسہٕک فریاد رس برتل بہٕ روضس روزٕ ہس
درخاب راتھاہ کریٖم دیدارِ رحمت کر دِیم
شیریں کُلاماہ بوزٕ ہس برتل بہٕ روضس روزٕ ہس
وندس میے چُھم سر وندٕ ہَس دامن رٹتھ بو گندٕ ہَس
ژٕیے رُس وَتم ونٕہٕ کس برتل بہٕ روضس روزٕ ہس
دپٕہٕ ہس کرٕم حاجتھ روا دادبن کرٕم پانے دوا
نظرا دِتم میے مضطرس برتل بہٕ روضس روزٕ ہس
روزتھ مدیٖنس یار چھم سیٖنس اندر سٕے نار چھم
آہ تراوٕ ہس نے ہاوٕ ہس برتل بہٕ روضس روزٕ ہس
سٕے بیکس ہُند پانٕہ گس سٕے عاجزن ہُند دادرس

تھِھ زاہ ژُلس نو دامنس　　برتل بہٕ روضس روزٕ ہس
کتہٕ آسہِ نے لیس ستیٚ بس　　دام محمدؐ یَس چھُ لتس
دردین و دُنیا سُے بیکس　　برتل بہٕ روضس روزٕ ہس
سُے مروٚ میونُے سُے صفا　　سُے کعبۂ اھل و وفا
سجدا دمس سجدے گہس　　برتل بہٕ روضس روزٕ ہس
حاضٕر تہٕ ناظٕر مصطفٰےؐ　　اُستھ چھُ، وُچھ اے باصفا
اُتھی نا پڑھ لا مذہبس　　برتل بہٕ روضس روزٕ ہس
تعریف رویش و الضحیٰ　　والیل مویک مُدعا
اوصاف سأری شوبنس　　برتل بہٕ روضس روزٕ ہس،
از نورِ پاک مُصطفٰےؐ　　سأری نبی گے باصفا
بخشن ولایتھ امتس　　برتل بہٕ روضس روزٕ ہس
چھی ژور گوہر ژور یار　　مجد از محمدؐ اھل کار
برحق تہُند حب چھُم دِلس　　برتل بہٕ روضس روزٕ ہس

مقبوٗلؔ پانس کُن ژتن
پنہٕ غین سکن ستین ہیٚتن
ہر دم یژھاں دِل تی چھُ لتس
برتل بہٕ روضس روزٕ ہس



چھُکھ ہادئے راہ ہُدا، اے ماہ رمضان الوِداع

با میمنت نوّن مرشدا، اے ماہ رمضان الوِداع

اوسُکھ رےتھا صاحب شرف رحمت چھکاں چھُک ہر طرف

کہن رےتن ہُند پیشوا، اے ماہ رمضان الوِدع

تأریف چأنی کیاہ ونہٕ زُو کتہِ تتھ لایق انہ

روتبس لبے نہ کانہہ خدا ،اے ماہ رمضان الوِداع

آیوکھ پُژھی لازے رےتھاہ از طرفِ حق بُڈ رحمتھاہ

شاہن شہا سوے گدا ،اے ماہ رمضان الوِدع

افسوس قدر چأنی زأنی نہ یژھ شوبہ ہی تژھ مأنی نہ

توگ نہ کرُن کانہہ حق ادا ،اے ماہ رمضان الوِدع

رِژ شوبہِ ہے ژے منز عمل تتھ سانہِ دستہ گوٚو بدل

کانہہ ترٛوو نہٕ کارِ بدا، اے ماہ رمضان الوِدع

غأبتھ، دَغا ، حرص و حسد کانہہ ترٛوو نہ اسہِ کارِ بد

اسہ ہیوٗ چھُنہٕ کانہہ نا شدا، اے ماہ رمضان الوِدع

ہَے ہے دِلس مل کوس نہ دُژستِس رےتِس منز اوس نہ

آزاد کانہہ دیوو بلا، اے ماہ رمضان الوِداع

نۆرے برُتھ اوسکھ ژٕ ریتھ، رحمتھ، خلاصی، مغفرتھ

از ابتدا تا انتہا، اے ماہ رمضان الودع

زونم بتنگ اسہِ نشہِ آکھ، ؤلی ژاکھ یا متھ تام دراکھ

خوشنۆد گژھ بہرِ خدا ،اے ماہ رمضان الوداع

اَسی کونہٕ سنہٕ یاروودان، رۆخصت چھُ اسہ رمضان ہیۆان

ؤدی تو تیتھے گژھ حق ادا ،اے ماہ رمضان الودع

یِی تو سمِتھ روزے درو فریاد زاری ہا کرو

ماہِ مبارک گوٚو جُدا، اے ماہ رمضان الوداع

فریاد اسہ روزے ژلن، ماہِ صیامن ہیوٚت ژلُن

ؤدی ؤدی کنن کری تو صدا، اے ماہ رمضان الوداع

شوٚنیم ودُن از کیاہ اسہٕ ، چھُم بوٚڈ دِلس منز وسوسہٕ

دیوٚ کاکٕی تتہِ اسہ ما وَدا ،اے ماہ رمضان الودع

وُچھ سائنٕی دِل غفلژ کھنے ییے ،دوہ تارٕ روزکھنا پیٚتے

چھک صیقلِ.................روا، اے ماہ رمضان الوداع

یوٚ تام دُوبارے ژٕ یکھ، مُشتاقہ نےٕ دیدار دِکھ

توٚتام دِمے نا یم ندا، اے ماہ رمضان الوداع

گوٚہ زانہِ رمضان ییٚہٕ درا، شب قدر نوٚ ؤری یس سرا؟

ہمہ در تراویح اقتدا ،اے ماہ رمضان الوداع

أنی ے شفیعؔ رُبہٕ سٕندی ژیے ٹاٹھی ،اسہِ نِش مہٕ گژھ آزر دپاٹھی

چونے رضا سُونے مدا، اے ماہ رمضان الوِداع

ریٚتھ رحمتک چونے چھُ ناو پیٚش خدا متہٕ کرتہٕ گژاو

رأضی سپن بہر خدا ،اے ماہ رمضان الوِداع

یس سپہٕ نن روزے قبول تس رؤد باقے مُوتہٕ مؤل

چھس نہ معاملہٕ با خدا ،اے ماہ رمضان الوِداع

یا رب وسیلہٕ یٚتھ أسی آے، پیغمبر ہر دوسراے

شاہِ سرپرا احمدؐ اے ماہ رمضان الوِداع

بٔنیہٕ سرپرس تم ٹاٹھی چانٔی

مقبوؔل کر چھی فاقہٕ سأئی

بخشا گوناہ ماہِ رضا

اے ماہ رمضان الوِداع

O

مَتہٕ ژَلتہٕ اَسہِ نِش جلدی سان — اسلام علیک اے ماہ رمضان
اَسہِ چھنہٕ سوران وُنہ ارمان — اسلام علیک اے ماہ رمضان
پۆژھ آکھ، از گوکھ اَسہِ ترٲوِتھ — یِتہٕ ووٚنی واپس پیٚہہ تھٲوِتھ
اَسہِ در ۆگ سودا زون ارمان — اسلام علیک اے ماہ رمضان
ماے بۆرِ نفس تہٕ شیطانس — جاے کُنہِ تھٲونہٕ اَسہِ پانس
واے اَسۍ کِتاہ دراے نادان — اسلام علیک اے ماہ رمضان
اَسہِ پھوٚر گونہ ہِن ہُند افلاس — نفسِ شیطانن ژھُن وسواس
پیٚچھ یی اوس تی آو بوزنہٕ جان — اسلام علیک اے ماہ رمضان
ژیوٚن نہٕ یا مَتھ نیوتھ پرواز — ژیون تورُت کِنہ بُدی یو باز
نفع زیون کنہ کِن اَسہِ نُقصان — اسلام علیک اے ماہ رمضان
یِژھ سان یوٚد نہ حق چونے پول — ظلم کوٚر نفسن تہٕ شیطاں گول
زوگ اَسہِ شہس لوگ نافرمان — اسلام علیک اے ماہ رمضان
سانہِ اتھہِ یوٚد آے بدراٰہی — توٚ کُنی حاصِل روسیاٰہی
مَتہ وُچھتہ تتھ کُن لاگ مہربان — اسلام علیک اے ماہ رمضان
اوٚن لوگ ڈیشتھ تہ بوزتھ زوٚر — یامتھ مژراہ گو اَسہ ژوٚر
کھیوٚو غاٗر مشروع پیو ناوان — اسلام علیک اے ماہ رمضان

سرپرس سون چھک شفقتہٕ ناگ
محشرکہ مأدانہٕ مألِک لاگ
نارٕ نشہِ موکہ لاو چھنہ ارزاں
اسلام علیک اے ماہ رمضان
گُنٛتر دوہ گے گونہ ہن منز
ترٕہمس منز کوٚر تو ٹیک سنز
دیٚوٕ از گونہ ہن گرٕھ گزران
اسلام علیک اے ماہ رمضان

مقبوٗل رُبہٕ آو برانٛتھاہ یٔتھ
ستھ چھس بوٗزِتھ چأنٛی رحمت
رحماہ کرتس یا رحمان
اسلام علیک اے ماہ رمضان

# پہلی نامہٕ

روز دما بوز اندر مثنوی — چھے ونان پانے جنابِ مولوی

دید موسیٰ یک شبانے را براہ — کوہی گفت ای خدا وندِ اِلٰہ

کتھ شیے چھکھ ونتہٕ کرٕہے چاکری — نوکرن منز خاصہٕ چاۓنی نوکری

بار صاۓ بوچھم میے چاۓنی ماے تے — ہاوتم کتہِ چھے ژٕنے روزن جاۓ تے

جامہٕ چھلہ ہے نامہٕ لیکھہٕ ہے کامکو — بیرِ تازے ستیٚ کرٕہے ژُت وشو

دردِ پنہٕ نے گرد کرٕہے دوٗر تے — تھنہِ ستن ملہٕ ہے کوفور تے

شانہٕ کرہے مویہ عنبر بویہ سےٕ — نازنینو بوسہٕ کرٕہے رویہِ سےٕ

شیٖر و شکر قند تہٕ نابد چاوتھو — نان و روغن دود تہٕ تھنٛز بو کھیاوتھو

بو کرے تیمار دأری چاۓنٛز تے — یوٚد تھوکھ منظور خدمتھ میاۓنٛز نے

جاۓ بستر صاف کرٕہے وقت خاب — گرد چھلہٕ ہے تراوٕ ہے مَشکو ستیٚ آب

تازٕ دودٕ پانشوے کرٕہے دم بدم — ساتہٕ ساتے دِمہٕ ہیمہٕ ہا چون غمٕ

تھنہِ ستن نرم کرٕہے پاد ژٕینے — تل کھورن ونہٕ ہے پنٛز اولاد ژٕینے

مارٕیو پٔشی تے پکھشی چھک باحشم — شوٗب دارو لوٗب چونٕے کرمشم

برٕتے ژٕھاوٕلی کرے قربان ژٕینے — آلوے رادس تہٕ پادن پان ژٕینے

جامہٕ سُوٕیو بخیہٕ ژٕتین اٗوی لۓ        بوسہٕ کرٕ ہے توسہٕ وَلہٕ ہے زاٗوی لۓ

بوسہٕ کرٕیو لوسہٕ نیری پاڈٕ نے        غوصہ ما چھے تھاوتم گن ناڈٕ نے

نیٕر والے ژے پنٕیرا تازٕ بو        سوے رنن شیٕرین، با اندازٕ بو

ترٕیش ما چھَے شیٕر چاوتھ تازٕ بو        بوچھٕ ما چھے رنہٕ ناون وازٕ بو

خانہ چونے زلنہٕ ہایوٚد صُبح شام        واتہٕ ناوَن آسہٕ ہے رٕتی رٕتی طعام

مالہٕ پیٹھ کھارے بہ ژامن تے پنٕیر        بالہٕ یارو چاۓٕ ہو چھَم بالہٕ وٕیر

ژوٚک موٚدُر تے تازٕ شیٕریں جَغرات        یوٚ دوَنی کھیٚیہٕ ہَم انے بو دوہ تہٕ رات

مَے اَنے شیٕشن تہٕ اکھ داما چھتو        میانہٕ دَستے نان و بریاۓنی کھیتو

بو کھورن کرٕ خاصہٕ نالٗا نیاہ انے        چھاونس کٔتی پوش والے پیٹھ ونے

لولہٕ نارن چاۓٕ کوٚرمو سۆر تے        ہول گومو متہٕ روزتم دۆر تے

چانہٕ عشقے تازٕ جسمس سۆر گوم        یۆت کوتاہ خانہٕ عشقن دور گوم

میانہٕ یارو چانہٕ دردَے دردٕ نے        سأر ژھنڈٕم ڈیشہٕ نا گُنہ چون پے

میانہٕ یارو چانہٕ رویک لول آم        قولہ ساریو زاہ تہٕ نوسُے ہول درام

میانہٕ یارو چانہٕ حسنک پرٕتوا        ڈیشہٕ کر بو سُے بٔنیم دادیٕن دوا

آکہٕ وے دَپہٕ ہم تہٕ سَر بو آکہٕ وَے        زاہ تہٕ نوسُورے مےٚ چونے مأل وَے

اے خُدا ہر دَم فدایت جان من        جُملہ فرزنداں و خانو مانِ مَن

اے خُدا باتو ہمہ بُزہاے من        وَے بیادت ہے ہَے وہیہاۓ من

سُے پوٚہل بے ہوٕد گفتا راونن

اوس، تامتھ گو کلیٖمس تی کٔعن

آو موسیٰ تس شبانس بروٚنٹھ کُن
امرو نیہے وحق ہوتن تمی تس وُنن

دوپ کلیمن تس ژھوپے کر اے شبان
یُتھ وُنن چون ذات پاکس کرچھُ جان

چانہِ ونہٕ نے عالمس ہیٚنہٕ نار تے
چانہِ ونہٕ نے حق گژھی بیزار تے

چانہِ وَنہٕ نے سٚتی شرمندٕ ملک
چانہِ ونہ نہ سوسنتھ پٔین ستھ فلک

چانہِ ونہٕ دزود یہ خاکک فرش تے
چانہِ ونہٕ لرز پیٚو بر عرش تے

ہا پہالیو یؤت کوتا خارٕ گوکھ
آہ تے افسوس کُفرس منز ژٕ پیوکھ

ہا پہالیو یُتھ کلاما وٚنی زِ نو
بار دیگر برزباں زاہ اَنی زِ نو

ہا پہالیو توبہ استغفار کر
پان مو ناحق پٔنن بیوار کر

تس خُدایس یُتھ وُنن چھے نو روا
ایں کلامِ نا سزا تے ناروا

گندٕ کُفرن چانی عالم گندٕ کوٚر
چانی شٕرکن جامہٕ دہنگ جندٕ کوٚر

یچھ وُنتھ برحق ذاتِ لایموت
بعد ازیں کر بر دہن مُہر سکوت

گس وناں چھک، یُتھ دپُن چونے گناہ
توبہ کر زین قال، حقس منگ پناہ

دوپ پہلی تس بوزتم اے نیک ذات
تس ونن چھس پاٚدٕ ییمی کوٚر کاینات

زار بوزتم اے کلیمِ حق، گرا
دارتم گن بو وَنے ژٔے ماجرا

تس وناں چھس ییمی مے زُو آوارٕ کوٚر
خنجرِ عشقنہ دِلس مے پارٕ کوٚر

تس وناں چھس ییمی کرِم سٔینس کباب
چھم نٔیر نیرٕن تمے درنٔی حُباب

تسی وُنم ییمی عشقہٕ نارے زول نس
سوز دیُت نم سوزٕ سٔتی گوٚلنس

تس ونن چھس ییمی دِتُم یُتھ ذوق وشوق
ترووُنم سٔینس اندر عشقُن مے ذوق

تس وُنم ییمی ژھُن مے عشقُن اضطراب
نالہٕ تراواں چھم توے سیٚنگ رباب

تس وُنم تیٚمی موٚر ژوٗٹم پرکارٕ میٚے
زولنم پھوٚر تتہٕ عشقنہٕ نارٕ میٚے

تس ونن چھُس پأدٕ تیٚمی کوٚر میون جان
سُے چھُ اتھ منز جاے تمی سٕنز لامکاں

تس ونن چھُس پأدٕ تیٚمی کوٚر کأینات
تس ونن چھُس پأدٕ تیٚمی کوٚر دوہ تہٕ رات

تس ونن چھُس اے کلیٚما داد بوز
پأدٕ تیٚمی کوٚر عاشقن منز درد و سوز

تس ونن چھُس لأے نم تیٚمی عشقہٕ تیغ
پارٕ کوٚرنم مارٕ کوٚرنس بے دریغ

تس ونن چھُس زولنس تیٚمی اندرَ ے
زاہ نیٚبر کوٚرنس بہ عشقنہٕ ٹُندرے

تس ونن چھُس تیٚمی کوٚرم سیٚنس شگاف
ترووُنم تیٚمی عشقسے میٚے کوہِ قاف

تس وُنم تیٚمی لأینم عشقٕنی تبر
کیاہ وُنم تے کیاہ دوٚپُم چھُم نہ خبر

تس وُنم تیٚمی نارٕ عشقنہٕ گوٚنڈ مےٚ جوش
تس وُنم تیٚمی ہوشہٕ نِش کوٚرنس بیٚہوش

تس ونن چھُس چھُم یُسندے اشتیاق
الفراق اے الفراق اے الفراق

دادِ تمی سٕندِ در بیاباں دژاس بو
نالہٕ تراواں ہالہِ مأدان آس بو

دادِ تمی سٕندِ دژاس روزِتھ پتھ وُنس
سوز اندرِم حال تے حسرت وُنس

دادِ تمی سندِ چھُس پریشاں گومتُے
نیرٕ وُن در دشت و مأداں پیومتُے

دادِ تمی سندِ چھُس خراباتس اندر
روے دل اوٚن مے مناجاتس اندر

دادِ تمی سندِ جان و دل بیہوش گوم
عشقہٕ نارس منز مےٚ ترُو در جوش پیوم

اے دریغا یارٕ سُند کربو جمال
ڈیشہٕ وُچھہَس کیُتھ سنا چھُس خدوخال

اے دریغا کر بو ڈیشے حُسنِ یار
شمع رولیس گتھ کرس پروانہٕ وار

اے دریغا عشقہٕ آتش کیاہ چھ تیز
سوٚر کوٚرنم چھُم نہٕ ووٚنی پانے گریز

اے دریغا عشقہٕ پرکارن کوٚرم
پارٕ پارَے مویہِ مویَس سُے توٚرم

اے دریغا در نظر چھُم نہ یوان
عُمر رأوِم کونہٕ چھُم درشن دوان

اے کلیمِ اللہ سیٹھا چھُم اضطراب
اضطرابس دل چھُ میونے لا جواب

بحرِ رحمت چھُس دپاں ییہٕ نا بجوش
بوزِ ناسہٕ میون زاہ جوش و خروش

بوزتم اے موسیٰ ے نیکو خصال
باجمال اوسس تہٕ اونس در جلال

وائے اے موسیٰ دہانم دوختی
سوختی جانِ دروَنم سوختی

آہ ترووُن تام جامن دیُتنہٕ چاک
دراو مأ دانس سہٕ تراوان باکہٕ باک

روشہٕ پأٹھِن گوشہ روٗٹ تمی غم لدن
جوش دیُت نس عشقہٕ نارن گجسہٕ تن

اوس سُے محبوبِ ذاتِ ذُلجلال
وصل حأصل گوٚ تمِس زان قیل وقال

وَحی آمد سوئے موسیٰؑ از خدا
یار میونے ژےٚ کوٚرتھ میے نِش جُدا

و ُوتھ کلیمس پیٹھ عتابِ ذاتِ پاک
دوستس میأنس کوٚرتھ کوٚسینہ چاک

توبرائے وصل کردن آمدی
نے برائے فصل کردن آمدی

یار میوٗنے مےٚ نِشے ژیےٚ کوٚرتھ دوٗر
جان گو ما، کیازِ کوٚرتھم تس قوٗصوٗر

یار یارس نِش ژوٗتُھ از یک سوخن
اوس سہٕ دژامت نیٖبر از ماوَمن

اوس سے عاشق سپُن موٚت پیٹھ گُلس
راوِ رُتھ کوٚ عشق میأنس بُلبلس

تس وصالک اوس پھوٚلمُت عشقہٕ باغ
برکوٚ کوٚرتھس تہٕ تھوٚس سینہ داغ

دوستس نِش گے جُدایی دوستس
اصل یکسانس پےتہٕ تس کوٚرتہٕ بس

ٹوٗٹھ میوٗنے کوٚرتھ مےٚ نِش دوٗر ژیےٚ
اوس تمی سندٕ ے وُنن منظور مےٚ

موسہاٗ میونے بوٚرتھ نو کینہہ تہٕ بیم
عاشقس میأنس کوٚرتھ ژیے دِل دونیم

حال و قالس ناو تھوٗوتھ کُفر و عأب
زانہٕ وُن اوس تسند بو علم غأب

شکل وصورت چھُس نہ بومنزل وُچھن    دلہٕ چھُن چھُس دلہٕ چھُن چھُس دِلہٕ وُچھن

ما ببرؤں ننگرِ ہم و قال را    ما درؤں رانبگرِ ہم و حال را

چھمنہ حاجتھ میے ز تسبیح و نماز    بوز موسیٰ، میے گژھیم سوز و گداز

تی وُنن اوسم بٔے تمی سُند خوش یوان    تتھ فراقس تیٚلی بہٕ اوسس کن دوان

داہ کوٚرُتھ تس داہ کوٚرتھ تس داہ کوٚرتھ    کیاہ کوٚرتھ ژٔے کیاہ کوٚرتھ ژٔے کیاہ کوٚرتھ

عشقہ خانس تس کوٚرُتھ ژٔے لوٗرِ پار    دِل کتُر تھَس کوٚ کوٚرتھ تس دِل فگار

بوز اے موسائے مَن ژٔے یارِ من    اوس میٚے نِش اوس ما گومُت زمن

شیردل پانس کوٚرتھ تس ضُعفِ تن    میانہِ ووفہ ہے آوتس حبِ وطن

عاشقن میانٛین چھُ آسان میون ہول    تم تہٕ زانن اصل میلے صاف قول

یوٚو ونی سُہ اوس پیومُت از نماز    در حقیقت اوس میٚے ءستٛین بہ راز

دؤرِ ہنزِ ے تیغہِ کوٚرتھس پارِ ژٔے    چارِ ماتھوِتھس کوٚرتھ لاچار ژٔے

عشق زن چھُی تارکن منز آفتاب    عاشقٕ تمہِ آفتابک ژالہِ تاب

عاشقن ما غرق، گژھنگ اضطراب    عشق چھُی دریاو عاشق چھُے حُباب

تم چھِ آسَن دم بدم میے گُن براز    چھُکھنہ حاجتھ از تمیز و امتیاز

مؤسہاؑ یُس عشقہٕ گردابس اندر    بے شِناور زانہِ کیاہ آبس اندر

حاجت قبلہ چھُنہ کعبس اندر    تاب وصلک کر چھُ بیتابس اندر

سجدٕ کرِتھ دل چھُ یَس پیش خدا    کرچھُ سُے میے پاک ذاتس نِش جدا

اصل وصلُک یَس چھُ با دِلبر ننان    تس نِشے تعریف وصلک چھُ ننان

عشقہِ دریاوَس اندر یُس گوٚو سنِتھ    گس چھِ خبر کیاہ یوان چھُ تس بنِتھ

عشقہٕ نِس بحرس اندر یُس پیر گوٚو — کیاہ ونے تتہٕ نس سٕہ گمہِ تاثیرٕ پیوو

تس پہاٚلس میون اوسس اِشتیاق — اِشتیاقس منز تھوٚوتھ تس کیٚتھ فِراق

عاشقن میانٛین چھنہ خوٗنس دوا — خونِ عاشق کر چھلُن آمُت روا

محوِ حق یُس گوٚو سہٕ تتہِ کر پانہٕ روٗد — پیٚو و فقط قطراہ بدریائے شہوٗد

کونہٕ وچھتن اندرٕ وُچھتھس پوستس — دوس میلتھ اوس پنہٕ نس دوستس

دوس میونُے میے نِشے کوٕ راوُرتھ — عارکوٚت گوٚے بارژوٚتھ کیاہ کوٚرتھ

گٔری میے پاٚدا خلق بہر سوٗد میے — بلکہِ کوٚرمُت چھُم تمن کیٚتھ بوٗد میے

میانہِ ذاتے نشہِ پاٚدا گے صِفات — چھُم نہ حاجتھ کیٚنہہ میے ازصوم وصلات

میے گرژھیم سوزو گداز و ہم نیاز — عاشقن تے عابدن ہُند امتیاز

موسہا آدابِ دانا دیگر اندر — سوختہٕ جانِ روان ہا دیگر اند

غرق گاٚمتی کیٚنہہ چھِ دربحرِ شہوٗد — کیٚنہہٕ چھِ اندر قلزمِ نابوٗد و بوٗد

کیٚنہہ چھِ اندر مُلک حاٚرت پیٚمتی — کیٚنہہ چھِ اندر نالہ و آہ گاٚمتی

میانہِ عشقنہِ خنجرے ییٚلہِ دل ژوٹھ — چھُکھنہٕ حاجتھ رٕپھی گرن ہندِ واٹنک

خوش یوٗن چھُم دردِ عشقِ مرد میے — درد گرژھیم درد گرژھیم درد میٚے

عاشقن ہُند چھے صفت نوٚن شوق میٚے — شوق گرژھیم شوق گرژھیم شوق میٚے

دردِ دلہٕ کٕے بوزنک چھے ذوق میٚے — ذوق گرژھیم ذوق گرژھیم ذوق میٚے

دوستن ہُند ٹوٹھ چھُم دل سوز میے — سوز گرژھیم سوز گرژھیم سوز میٚے

ملتِ عاشق زمِلت ہا جُدا است — عاشقاں راملت و مذہب جُدا است

مِلتو نِش عشقہٕ نُے مِلت جُدا — عاشقن ہُند مِلت و مذہب جدا

دِلبرس پیٹھ اوس تمی سُند دل بحال — راو رُتھ تس نیشہ تمی سُند قیل و قال

روشہِ روٗدُم روشہِ وُن گژھ ووِنی رُلن — زار وِنتس عار انتس سنہٕ وُن

گژھ تہٕ وِنتس یی وَنن اوسم سُہ میے — تی سُہ وٗنی تن خوش وُنن تمی سُند چھُ میٚے

میانہِ عشقے اوس اندرے سُہ بُرتھ — ہوشہ گومُت پوش زن پیومُت ہُرتھ

زار وٗنی زیٚنس گومتے چھُم ہول تس — میون وٗنی زیٚنس چون آمُت لول تس

میون وٗنی زیٚنس چھے ونن ژیٚے ذات پاک — یار ترأوِتھ کیازِ درمأدان ژٕ دراکھ

میون وٗنی زیٚنس پرارِ وُن چھے یار ژیٚے — وولہ وُچھتن ووِنی دیِ دیدار ژیٚے

تس کلیمس ذاتِ پاکن رازِ وٗنی — عاشقن ہندی رنگ برنگ آغاز وٗنی

گوٗنہٕ گوٗن اسرار پنہٕ نی ہأوِنس — عاشقن ہندی دأدی عشقنی بأوِنس

حالِ مُشتاقاں ونے کیاہ اے کلیم — چھس بہ تہندس ذوق وشوقس پیٹھ علیم

بعد ازاں دوٚپ نس بجلدی گژھتہٕ زوٗد — چھُم سُہ درمأدان روٗزِتھ در سجوٗد

تی کوٚرُتھ یِی اوس نہٕ معموٗل چون — گژھتہٕ ان تن میے نِشے سُہ یار میوٗن

بوزِ ہا بیہٕ تمی سُندے سوز و گُداز — بندٕ راوُرتھُم بہ چھس بندہ نواز

یٚیلِ کلیمس ایں عتاب از ذات آو — تس پہأیلس ژھارٕ نے مأدان دراو

ہر طرف سرگشتہ سرگردان رواں — نالہ تراواں ہا پہالیوگو دپان

گاہ درحأرتھ گژھاں چھ سُے کلیم — گاہ گژھن دل شاد از وصفِ کریم

ہا پہالیو! ہا پہالیو! گو دپان — نیب چونے کونہٕ چھُم ظأہر یوان

ہا پہالیوا چھکھ ژٕ منظورے خُدا — قال چوٗنے پرتوِ نوٗرِ خدا

ہا پہالیو! عاشقن چھک رہنمون — تروومُت عشقن ژٕ چھکھ اندر جنون

ہا پہالیو! یار ہو چھی ژھارٕوٗن — تس پتہٕ ییتھ پأٹھی چھک ژٕلارٕوٗن
ہا پہالیو! آسماں گو نیل گوٗں — ژھوپہ کرنے چانہِ دریا جوٗئے خون
ہا پہالیو! گو زمینس سینہ چاک — درحقیقت نیر وُچھ افتادٕ خاک
ہا پہالیو! بُتھ کلیمس ہاوتو — گنتھ شیئٕ چھُکھ مےٚ تہِ اکھ آلو دِتو
ہا پہالیو! سوز چونےٕ بوزٕ ہا — بیٚیہِ ساتھاہ ژییےٚ نِشے بو روزٕ ہا
ہا پہالیو! اوس ییتھ کُن چون مأل — ونتہٕ بیٚیہِ تی ذاتِ پاکس تھی چھِ ہأل
ہا پہالیو! آرزو چھم کر وُچھتھ — بالہٕ یارو! لولہ اندر ووٗنی رَچھتھ
ہا پہالیو! چانہِ نوٗرے نوٗر گوٚو — چون دَم ہر نوٗحہٕ کھوتہٕ منظوٗر گوٚو
ہا پہالیو! آسمانکی ملکوٗت — ژھوپہ کرنے چانہِ روٗ زِتھ درسکوٗت

ناگہاں ڈیٖنوٗٹھن پوٗہل دریک مکاں — برونٹھ کُن وأتتھ دِیونس اے شباں
خوش خبر اٗنی مے تہٕ میٚے نِش بوزتو — ہوش تھاۄِتھ گوش داۄرِتھ روزتو
مٕژٕ باوے نامہِ ہاۄے عشقہٕ ئے — پانہٕ سہ ماشوق روٗ زِتھ ژییےٚ کُنے
مژدہٕ وصلِ وصالِ یار بوز — گوش تھوتو ہوشہِ ساں پأغام بوز
کامکی ووٗنی نامہٕ معشوق بوز — عشق آمُت ژییےٚ پتہٕ درد و سوز
ذاتِ پاکس نشہ ژییےٚ منظوٗر تأے — چھُکھ نہٕ قطراہ چھک ژٕ بحرِ طور تأے
کُفر چونے دیٖن تے ایمان چھے — دیٖن چونے عشقِ حق سُبحاں چھے
بیٚیہِ ون تو تِی وَنن اوسکھ ژٕ یی — مأ لِکس میأنس تہٕ چأنس خوش چھِ تی
عرشہِ تھوٗد گومُت چھُ چونے نالہ آہ — چھُکھ ژٕ بیشک خاصہٕ محبوبِ اِلٰہ

عاشقو معشوق چھے نادن وُچھاں — گن تھوتھِ چانٔین سُہفر یادن وُچھان
ہاپہالیو! تراو تو بیہِ نالہِ آہ — ژھوپہٕ کرنے چانہِ گرِژھ عالم تباہ
درد مندو ونتہٕ تس گُن درد دِل — ذاتِ پاکس نشہِ مو کرتم خجل

توٗرٕ پھیرِتھ تمی پہلی دیُت نس جواب — بوز اے موسیٰ خدا دی نے ثواب
چھُمنہٕ طاقت حال دِلہِ گُے باونس — زخمِ جگر، چاک سینکی ہاونس
تأزِ یانے چأنٕی آلم در دو دید — در زماں در منزلِ عرفاں رسید
عرش کُرسی سۆدر ترأوِن یکطرف — لیس وُنم میٖے تمی دِتُم پانے شرف
کُفرو شِرکچ لار روٗزِم نو ذرا — پأرِ لگہِ ہَس کیاہ چھُ بندہ پرورا
قال تروُوم حال اندرِم کیاہ ونَے — تی وُنن ژیٖنے میٔون طاقت وونی چھنے
استہٕ استے اوس نیراں میے حُباب — بَستہٕ قُلزم کۆرنٖے شرۆپرووم سُہ آب
عشقہٕ دریاون میے دیُت مُت اوس جوش — زہن سبب تروُوم نٔیبر گُن تیُتھ خروش
آتشِ عشقن گۆنڈُم نارُک حُباب — پان دۆدمے گوم یَتھ جانس کباب
عشقہٕ تیٖرن کۆرمہٕ جگرس پارٕ مے — تمی ستے جن تھۆونہٕ أندرِم چارٕ مے
چانہ ونہٕ نے لبہِ عالم زندگی — أتھی دپن عشقِ خدا بیٖیہِ بندٕگی
ہا پہالیو! یورٕ چون آلو کھساں — تورٕ چھے ہر آلوس رحمت وَساں
ہا پہالیو! قال، چونٕے نوٗر چھی — ذات پاکس نشہِ تی منظور چھے
یی وُنن چھکہ ونتہٕ تی بیہ اکھ دماہ — چانہِ ونٕنے ستی مو کلی عالماہ
تی وُنن چونٕے گۆمت منظورِ رُب — یی وَنن چھکھ تتھ ژٖے چھی سُورے ادب

تتھٕ دپن عشقِ خدا در دِل سٔنٕن
یی وٕنُن گو، یی بٕنُن گو، یی سٔنٕن

سُے وجوٗدس منز تسندُے چھُم وجوٗد
سُے چھُ واحِد سُے چھُ شاہِد سُے شہوٗد

چھُے سُہ ظأہر چھُے سُہ بأطِن در وجوٗد
ہر ذرس تس پاک ذاتس کُن سجوٗد

ہا پہالیو! کیٚنہہ تہِ ونہٕ نس چھُم نہٕ وار
سُے عاشق سُے چھُ معشوق سُے چھ یار

تراوتو تس کُن تتھے پأٹھین نِدا
حالہٕ اندرے قالس اندر اکھ صدا

مُنتظر ہا عرش و کرسی چھُے ژٕ پیٹھ
تا قیامت روزِ باقے چأنی کتھ

حال چونے رحمت و عِرفان چھُے
قال چونے وحدتک بُرہان چھُے

چانہِ وَنہٕ نے گو دِلس میے چاک چاک
دِل شکستن دِل سنمبلالن ذات پاک

دلبرن دِل ہتھ تہِ دِژنم دِل دِہی
بخشنم تمی وصلہٕ کُے منزِل ہِے

زالہٕ لوٗگمُت اوسُے بوٚ درنقاب
شاہ پأزاہ ہیو کوٚڈُس تمی از حجاب

گوٚو میے روشن موسہا از حال دِل
یتھِ ونہٕ نے بو گژھے پانے خجل

پیوس وأنتھ گوس بو از گفتگو
تس تہٕ میے منز روٗ دنہٕ یک تار مو

یَس ونان اوسُس وچھان اوس حال میون
شاد تھوٚو دِل میون کمی وٚ چھ حال میون

درنمی گنجد بہ عالم قالِ من
پس چہ جائے گفتنِ احوال من

حق تعالا بأوِ نے دیدار ژٕے
بحرِ عرفانس سُہ دِلی نے تار ژٕے

مختصر گو قصۂ عشق شباں
عاشقا! تھوسأ ژٕ عشقس ستی راں

عاشقن ہُند رُوح چھُ پیش پاک ذات
زِندٕ چھی تم تا ابد در کأینات

عاشقن ہُند موٚر چھُ اسرارِ خدا
عاشقن ہُند پھوٚر چھُ انوارِ خدا

عاشقن ہنز عرشہِ پێٹھی کُنز چھَ علم — واصلِ مولا چھ عاشق دم بدم

عاشقن ہُند خاک چھِی از جنسِ پاک — آفتابے کھوتہٕ آسن تابناک

عاشقن ہُند وصل اصلُک چھُے خدا — عاشقن ہُند دٕین و مذہب چھُے خدا

عاشقن ہُند نشہِ معشوقس حجاب — کاس دُوئی سُے چھُ وصلُک بہٕ فتح یاب

عاشقو! عشقن ہو اللہ تھوو نام — سائلکن نِش سُے چھُ تھوٗد عشقن مقام

عاشقو وُچھ عاشقن ہُند قال و حال — عشقِ حقس زاہ پیئے چھُے نہ زوال

کم چھ تم یم باعشق یکساں گییے — دلبرس نِش دل بدل وأتِتھ پیٖیے

کم چھ تم یم درمقام عشق وأتی — کم چھ تم یم تتہِ گاٹمتی آرِ کأتی

عاشقا !عشق شباں سپنو تمام — عشق دِی تن سُے خدا ہر خاص و عام

خلعتِ ایماں دِی تن مومنن — ہتی ہێتھ نے بێیہِ میانیٖن دوستن

فکر کُن مقبولؔہ کر ذکرِ خدا
تراوتسی کُن دم بدم عشقُن صدا
ختم کُن مقبولؔہ رٹھ نام خدا
صلِ اعلےٰ بر محمدؐ مصطفےٰ

# زلیخائے مقبول

الٰہی تو در اُمید بکشائے
گلی از روضۂ جاوید بنمائے

بخنداں از لبِ آں غنچہ باغم
وزان گل عطر پروَر کُن دماغم

الٰہی توسوئے خود راہ بنمائے
بغیر خویش فکررا نیالائے

اِلٰہی تو بنور خود بیارائے
گنہگارم گناہ من بہ بخشائے

خدایا کرتہٕ مے مقبول درگا
بسوئے باغ عرفاں ہاوتم راہ

آل و اصحابس سٕہ معبوٗد
کراں تا روز معشر رحمتک روٗد

ہزاراں رحمت وصلوٰت و برکت
بوٚزِن از حق بہ پیغمبر پوٚتُس پتھ

بوٚزِن ازمن دروٗد بے نہایت
بہ پیغمبر الیٰ یوم القیامت

امتھ چھُس ٹاٹھ چھُس امتک محبت
پگاہ کرِ عاصین پیٹھ سُے شفاعت

چھُ فرماوان مولا نائے جامی
سٕہ چھُ نزدِ خدا و خلق نامی

سٕہ اوس اکھ عالمن منز آفتابا
ذخیل دین حضرت تھوٚد نوابا

نہ دانش ولتہٕ تہندس وصفِ حالس
عقل حاراں گرِ ھن تتھ قیل وقالس

چھِ گرِہٕ تمی کتابن منز کتابا
دپاں تتھ ناو چھی یوسف زلیخا

تمو اوں تتھ اندر شرع بیانی
میے ہیو ناداں تتھ کیاہ مانہِ زانی

چھُ تتہٕ منز اصل عشقن دود وُنمت    نِشانا عاشقن کیتھ رمز اوٗنمت

اگر مقبولؔہ عشقن آرزو چھےٚ

کھٹن پاں تس اندر درمن رٹن سۓ

زبعد حمدو نعت مصطفےٰ بوز    ونے بو قصۂ یوسف دما روز

سپنٕز یلہِ قُدرتچ رائے ذات پاکس    گوڈن آدم بنوون مُشت خاکس

کریٖن یِیلہِ آدمس تمی چشمِ بینا    دٲپھ تس پرنفل وُچھ اکھ تماشا

سپُن استادِ یامہ باعزت و جاہ    وچھن تمی یامہ تامتھ خاصہٕ فوجاہ

تم اَسی تتہِ انبیا سارٕی ایستادہ    بحسن و جلوہ نوٗرک شاہ زادہ

سمتھ تم آدمس گے پیش کینہہ پس    پُھلے زن اَس لُجمٕژ باغ حُسنس

زنور اکھ اکھ علم دردست ہرکس    بہ قد ایستادہ ہریک روح اقدس

ولی سٲری سمتھ اَسی خاص تہٕ عام    بہ خوبی و خوٗشی وباسر انجام

تمو منز تمی وچھن اکھ صورتا جان    پرزل وٕنی زوٗنہِ کھوتہ اَس تاباں

وچھن تس روئے زن اکھ آفتاباہ    وُلتھ بردوش و سرنوٗرک نقابا

دٲپُن یارب چھُ کُس اِس گلشن نوٗر    وِلتھ زن خلعت نور علی النوٗر

وُچھتھ تس آدمن کوتاہ بوٗرن چاو    پرژھن تامتھ چھُ کیاہ یتھ صورتس ناو

خطاب آس چھُ چوٗنے نورِ دیدہ    زگل زارت گُلِ رعنا امیدہ

دٲپھ تس چھُ یہ از اولاد یعقوب    کرُس بخشش ژٕ برتس لول تہٕ لوٗب

درٲں دم آدمن دیُت واد یکبار — یہ چھُم سودا بہ چھُس امی سند خریدار
شیثٔ داینے نورٕ چے میے ذات پاکن — چھِ دِژہمژ ژور ژیے دژے تھوٗم گن
زشش حصہ چھارتس حصہٕ نور — دِتن تمی یوسفس تے روٗد منظور
روٗتن اد نالہِ متہِ سُے ستہِ پانس — کرِن بوسہ بہ شفقتھ تس دہانس
دوپُس تمی چھک ژٕ کانِ حُسن وخوٗبی — کرُن الفت برُن 6 ژیے لول شوٗبی
پسرزن نالہ متہِ روٗٹ تمی پدروار — سرِس واقف کوٚرن دلہٕ کس خبردار
پراں آسی انبیا تسبیح و تحلیل — پرزل وُن زوٗنہِ کھوتے نورٕ قندیل
دعا کوٚر آدمن تس پتھ بمشغول — خطاب آس کوٚر دعالسہِ چوٗں مقبول
دِتن نوبت گِہہ صورت پرستی — زند ہرکس نبیت کوس ہستی

گئی سأری گژھن ساری نبوبت
بمبرل گاہ قبرستاں پوٚتس پتھ

سُہ آدم دراو ییٚلہِ زٕہن دارفانی — روٗتن منزل بجائے جاوِ دانی
بجالیش شیث درمحراب گِہہ روٗد — کرن اوس سُے عبادت سوے معبود
سُہ ییٚلہِ گوٚوتس پتے ادریس پیدا — سپنی پیغمبری تمی سٕنز ہویدا
پتہِ تس حضرت نوحؑ شُد پیغمبر — تُمس پتہِ وُتھ خلیل اللہؑ آزر
خلیل اللہؑ تہ یلہِ گوٚو وصل حقس — سپُن اسحاقؑ پیغمبر پتہِ تس
چواسحاقؑ از جہاں رحتِ سفر بست — بجالیش حضرت یعقوب نِشت

# حضرت یعقوبؑ چھُ شام ترأوتھ کنعان واتان

سُہ یعقوب شام ترأوِتھ گو بکغاں ~ سمیوتس مال دولت یِژ فراوان
شمارِ گاو میشِ گو سفنداں ~ رَمبہ اوُسس ہزار اندر ہزاراں
دپاں تس یاہ گبرأسی یوُسفس ساں ~ دلاور خاصہ زوراور پہلواں
سُہ یوسف یام تھنہٖ پیوٗ زمادر ~ تُسند بُتھ زونہٖ ستین لوگ برابر
دُ سالہ ووت یلہِ تس والدہ مۄد ~ فریب وسوز یعقوبس سپٹھاہ رۄد
یہ دُرِ خاص از بحر کریمی ~ زمادر ماندہ با اشک یتیمی
کراں گریہ وچھت اوس شاہ یعقوبؑ ~ تمِس کم بأ گراواں لول تہ لۄب
وچھتھ تس گُن گژھن اوس شاد وخرّم ~ ژلان أسس تمِس ساری پنٔنی غم
قد سروَن ہوٗتس یلہِ ناز رفتار ~ وُتھو تراوُن ہیوٗتس شرٖیس گفتار
پوپھے ہُند دل سپُن تس پیٹھ سیٹھاہ رام ~ تمِس رُس اکھ ذرا اوسس نہٖ آرام
ولیکن اوس یعقوبس سیٹھاہ لول ~ بہ کر یوسف أچھو ڈیشن ژلیم ہول
بہ ہمیشیرہ لیوٗکھُن ای خواہرِ مَن ~ ونے عرضا ژٕ تتھ عرض تھوٗم گن
تمنّا چھُم دلس اندیشہ کتی ~ گوٗ ژھُم آسُن میے یوسفؑ ستۍ ستی
سُہ فرزند میون یوسف یوٗ ری سوزن ~ تمِس کیتھ جان وونٔی میے نشہِ روزن
چھُنہ میے اکھ ذرا تس رُست آرام ~ بہ نے ڈیشن گژھن چھُم مندچھین شام
چھُ آسن حُب ہر مقبولؔ دردل ~ بہر کس جائے کرٖون درمنازل

## پوپھے زون یوسفس وونی نیہ یعقوبؑ
## دِلس تھندس تہٕ ہرگز گو نہ مرغوب

دوپُن تامتھ میے ہیٚرتھ گرٕھ یوسف
مرے تہندے شرے بو درتا سف

بظاہر بائی سٕنز فرماں دأری
کرِن باطن دِلس منز حیلہٕ کأری

ز اسحاق اوس تس نش اکھ کمر بند
کوٚرُن تمہِ کٔے دِلس منز حیلہٕ تہٕ فند

گٔرِن تمہِ سوزنچ یوسف تیأری
وٚلِن تس جامہٕ تہٕ سامان سأری

گوٚنڈن یِیلہِ یوسفس ہوٚل لول بوٚرنس
ہٕلس منز سُے کمبر بند وارٕ گوٚنڈنس

کوٚرُن ظأہرٕ سُہ مألس کُن روانہ
گیٚس لاراں پتے تمہِ کے بہانہ

گٔرن آوار تو کُن روٗزی تو تام
کمبر بند مألی سُند روٗم وُچھم یام

تبرُک اوس میے نش تو حضہٕ کوٚت گوم
یتی روزِ ولگو تہندٕ ے میے شکھ گوم

وچھن لوٚکن گوڈٕں پتہٕ یوسفس تام
مُہٕرنس ہوٚل سُہ کوٚڈنس ہلہ منز تام

تمیک کینہہ یوسفس اوسُے نہ مولوم
دوپُن حاشاز دُزدی چھُس بہٕ موصوم

رٹتھ پوپھ نیوازیں حیلہ بہانہ
روٹُن وٗری یاہ ییٔ امہِ کے بہانہ

تمِن اوس رسیم دزدی ایں نشانا
تھون وٗری یاہ رٹتھ ژوٗرس بخانا

سپُن یعقوبؑ واراہ درتب وتاب
یہ بوٗزِتھ یوسفنے شوقہ بے تاب

وچھان اُوس جانِ جاں یوسف ییمنا
سُہ عرشک جانشیٖں درشن دیمنا

وچھن یِیلہِ جان جاں تیلہ میے ژیم شر
بہ رٚچھِ ہن لولہٕ سپٕنس منز تیم کر

سپُن آیام درس یلہِ وعدٕہ گوتم
ز مشرق دراو زن خورشید عالم

گذر ییٚلہِ گو تمِس وعدُک نشاناہ کرُن سوٗےَ پدر یوسف روانہ

چھ اٰخرت راست کاٰری دستگاٰری چھِ پیغمبر سمتھ پزٕ یاٰرٕ ساٰری

گرِٛھک مقبوٗل حق ہیٚچھ راست باٰزی پزِس منز چھے بلا شک سرفراٰزی

## یوسف علیہ السلام چھُ حضرتِ یعقوبس نش واتان

پوٚپھے لاچار یوسف نشہِ بابس کوٚرُن راٰہی پیٚیے منز اضطرابس

سُہ یوسف پوٚپھِ نشے دراو یامتھ موٚیس پوٚپھ موختصر پاٰٹھی بوزتامتھ

سپُن یعقوبہ سُند دل خرم و شاد اٰچھو یامتھ وُچھن آس سرِ و آزاد

بروز و شب تُمس مُشتاق آسان نشے پانس وچھن اوس ماہ تابان

کران اوس یوسفسے جاۓ الفت بیٚن نیٚچہِ ویٚن کرُن تروون محبت

سپُن ییٚلہِ ماٰلی پوٚتھرن وصلِ دیدار وُچھتھ تی دُشمنن تھندیٚن گوٚنڈن نار

یہ کتھ بوٗزتھ گراہ اکھ وارٕ وونی روز

دلیلاہ از زلیخا موختصر بوز

زخورشیدِ رُخش نا دیدہ تابی گرفتارِ خیالش شُد بخوابی

چنین گویند گویندان ایں راز بہ مغرب اوس شاہا نام پرواز

دپاں تس ناو اوسے شاہ طیموس حُکم تمی سُند پکان تاسر حد روٗس

کلس پیٹھ اوس تس اقبالہ کُے تاج یوان اوسس خزانس ہر طرف باج

زلیخا اٰس تھنزے نورِ دیدہ بہ عزوناز و نعمت پروریدہ

بدن تس وُزملاہ زن شُعلہ تراون نشہِ تس اوس شمہک گاش راوان

سو دوختر اُس زیبا اختراہ زن
نہ اختر بلکہ زُناہ منز ستارن

قدش زیبا چوسرو باغ جنت
گوٗمت پرورِ از باران رحمت

روخ اوٗسس اَنہ کھوتے صاف تابان
موکھ اوٗسس زُنہِ ہندِ کھوتہٕ درخشاں

بُمہ یوٗد الف بینی و دہن میم
جبیں بس لوح سیمین زلف زن جیم

ترٛشہٕ اُس موےٚ مُشکینس اندر سُم
ملک حارٲں فلک اندر تبسُم

سیہ مستس اندر سُم اُس زن تار
گنڈِتھ زن تارِ تھوٚی متہٕ کالہ شہمار

تھرٛ ے زن پوش پھوٗلی متہٕ گوشوارہ
کنن اَسس پرزلوٗنی زن سِتارہ

زچشمہ آسہِ زن تس چشمہٕ نوٗر
وُچھتھ تس رشک نیہِ ہے جنتچ حور

بُتھس پیٹھ خال تس یتھہٕ زُنہِ منز داغ
اندر پوشن بہ گُلشن زن بہتھ زاغ

ژندر ہوی نم تسندی اَسی زُنہِ نزدیک
قلم ہشہ اونگجہ رگہ زن حرف باریک

دہن غُنچہ لب اَسس لعل رشتہ
برتھ موختہ کرن گتھ زن فرشتہٕ

زنخدانس اندر اوس چاہ غب غب
بُرتھ آب حیات تتھ منز لبالب

مُصفا چانِد کھوتہ صاف گردن
گنڈِتھ سوےٚ موختہ مالو ستہٕ روشن

پھُہر سینہ بنرمی و محبت
سونرمی کرگلس آسے پتہ وتھ

دوپستاں اَسی زن تس قبہٕ نوٗر
شرابکی شیشہ ہوی پُرمست مخمور

کمرزاَ ویل بدن اوسس خوش اندام
زِ پاتمی سِندی زنگم از نقرہ خام

کلس پیٹھ تاج اوسس گوہرن ہُند
مُرصع کار پُر جوہر سونہ سُند

زِ سرتاپاےٚ پُر اَسی زیورو ستہٕ
دِوَن تس جامہ شُعلہ گوبرو ستہٕ

کرن مشکہ دُہس اَس شُری خیالن — دُہس تھاون بوقت شام تراون

پکن گاہ گاہ بہتھ برتخت روزن — سرؤد و ساز ژوزن ہُند سو بوزن

بروز وشب گِندں سوے ستیٚ بختس — وچھن اَس طالعس گنہس تہ رختس

بدن تس شیشہ کھوتہ اوس یژ صاف — تمِس ہیو چھی نہ کانہہ از قاف تا قاف

چھ وُنمت جامین امی سُند سراپا — چھُ پی پوٚرمت میے وُچھ اندر زلیخا

دریں شادی وُچھن شادِی پتوٚ غم — وُچھتھ سو کھ پیش آوتس دوکھ تہ ماتم

شبہ اکہِ مَسندس پیٹھ شونٛج سو دانا — وچھُن درخاب خوش صورت جوانا

بیا مقبوٗلہِ قصہٕ موٗختصر کر
مُفصل مجلس منز ان برابر

## زلیخا چھِ گوڈ نیک خاب وچھان

بیا بشنو کنو اہِس داستانی — وَنے یُتھ بوز کاشِری پاٹھی معنی

زلیخا واٗژ یامتھ ہفت سالہ — گیٔے بالغ پیٚیے سو شُری خیالہ

شبہ اکہِ شوٚنج سو تختس پیٹھ بارام — پیٚیٔ درخاب ساری خاص تہٕ عام

درو ودروازہ سپنن بستہ ساری — بہ بستر پیہ نروٚ ماد ساری

مکانن ژایہ ساری مرغ و ماہی — گداتے پھیرِ ونی عاجز تہ شاہی

نظر ترٲو کوتوالس شونگ بہ بستر — بجائے خود بہت گے ساٗر لشکر

بہ مَسند رؤد بر بستر شوٚنگِتھ شاہ — حرم ہیتھ ستیٚ پانس درحرم گاہ

زلیخا اُس اندر بسترِ ناز   شوٗنگتھ زیور کڈتھ با سُرمہ ساز

نندرِ منز آس اکھ دِل کش جوانا   رنبہٕ وُن شوبہٕ وُن زیبا تہٕ رعنا

بصورت حورِ ہیو نورُک فرشتا   نیبر درامُت سُہ سأیِس زن بہشتہ

بہ قامت اوس زن سرِ و خراماں   بصورت شاہ خوباں ماہ تاباں

الوٚ نداوسس کلس پیٹھ زلفِ پیچاں   کماں بمہٕ نستہِ خنجر تیرِ مجگاں

یمبر زوٗلہ چشمہٕ آسس مست ومخمود   زِ روخ تمی سندی گُہر زن لختۂ نور

صدف زن اوس تتھ منز موختہ ہوٚی دند   کلامو ستیٚ چھنن تس شکر قند

زنخداں اوس تمُی سُند چاندِ ہُند سیب   مُدوّر تتھ اندرزن چاہ آسیب

زلیخاے وُچھتھ تس روٚدنہ تاب   ہیٚنہ آے سو ماے زن بگر داب

زلیخا گیہ دیوانہ تمِس پتھ   وچھُن یامتھ اُچھو یُتھ نقشِ وصورتھ

زلیخا از زلیخائی سپنٚز دور   دِلس اندر روٚٹن حُبا تسند پوٚر

صُبح سپنیوٚ دمیدہ راتھ گے تم   زخابِ خوش سپُن بیدار عالم

زلیخا گیہ یامتھ نِندرِ بیدار   غمس منز خابہٕ کِس گأمٕژ گرفتار

گیس سأرٕے درلج شأدی فراموش   غمس منز مندس پیٹھ روٗز خاموش

اُچھو مقبولہٕ وُچھتو کار تقدیر
چھ تقدیرس نِشے حأران تدبیر

## زلیخا چھِ سُند رمنز بیدار سپدان

سپنِز یامتھ زلیخا سُندر بیدار
وُچھن نہٕ بروٚنٹھ کنہ آں نقس دیدار

اُچھو تراوُن ہیوتن اوٗش ژالہ ژالے
وُٹھو منزٕ ے وُنن کیاہ گوم بالے

بہ کتہِ اٗسس وُچھم کیاہ کوٗ زالس
دُپن دِمہٕ چاک جامن شرم آلیس

اٗندری نالہ نیبری سو اٗس خاموش
تھوٗتھ لس دوستس گُن گوش تہ ہوش

گمژ اندر غم و ماتم سو بے ہوش
اٗندری لس نارٔ عشقنٕ لوگمت جوش

دپَن اٗس اے فلک بامن کوٚرت کیاہ
دل و جان میوں غمہ ستٕن بوٚرتھ کیاہ

شکارٕ کی پاٗٹھی میے زالے وٗلتھ گوکھ
نہ دوپہ تھم ناو پنُن کوٚت ژلتھ گوکھ

دل و جاں دلبرا میے ژوٗرِ نیوتھم
جمال و حُسن میے مستورِ نیوتھم

کراں اٗس نالہ زاٗری درشب و روز
ہرن اوش خون ہارن درتپ و سوز

کنیز ویلہِ وُچھک تمی سنٕز سو زاٗری
سمتھ دوپ ہس لگوے اٗسی پاٗری پاٗری

اڈُو دوپ آفت دیوو پری چھَس
بیو دوٚپ سحر عشقنٕ دلبری چھس

کوٚرُس دوٗدِ ماجہِ دوہ اکہِ زار پارا
ژیے کیاہ گوٚے پان کوٚ کوٚرتھم اوارا

میے رٕچھم ژ چھک ژیے پھتھا کمہِ لولے
وٗجکھ کمی زالہ گجکھ کمہِ ہولے

میے کر واقف سرِس، کرٕ تتھ بوچارہ
دِیکھ یوٚت میے گرژھن بوتوٚری لارہ

میے وَن یوٚ دحال آسی ژیے نوشتہ
ژیے کیتھ اَسمانہ بو والن فرشتہ

بوچھس زانن ژ چھک عشقس ہوسناک
زلیخاۓ تہِ بوٗزتھ تراٗونس باک

فریب وفن وٗنتھِ دوپنس مے درخاب
وُچھم اکھ صورتاہ تابندہ مہتاب

وُچھتھ تس ہوشہِ ڈٲلی حور و پری زاد　　لبتھ روٗدُم سُہ تس بو چھس دِوان ناد
دوپس تمہِ آسہِ ماسے دیوِ مکاّر　　شکل جاں لاگنج دیوان ہُندے کار
زلیخاۓ دوپُس دیوس چھہٕ کیا جاۓ　　شکل لاگنۍ چو آں سرِو دلاراۓ
معاذ اللہ چھُہ از سُے شووٕر دۄر　　فرشتہ یا پری کر آسہِ ترٛتھ حوٗر
دوپُس سمہِ راو از دِل ایں گماناہ　　ژیے ہیو چھنہ کانہہ ژچھک دورِ یگانا
زلیخاۓ دوپُس ای مادر من　　تسنٛدی عشقن چھسے رٲٹمژ بہٕ ہنہن
تسلی یلہِ دِس تس دایہ اون تس　　گژھتھ ماٲلس یہ سر پوشیدٕ وٗن نس
تہِ بۄزتھ پیو سُہ اندر کار تدبیر　　حوالہ سُے کرن دردست تقدیر

بیا مقبولہٕ تقدیرس رضا روز
رنگا رنگ قصہٕ تقدیرٕ ژٕے بوز

## زلیخا چھہٕ دویم خاب وُچھان

زلیخا عشقہٕ زالہٕ ماہ زَن ژٕج　　ہندر رٲوس ژندٕ رہش زۄن زن گٔج
کران اُس آسمانس ستۍ گراواہ　　یہ کیاہ کوٚر ژھتم بہ کس یتھ سپر باوہ
کران اُس لیٖل تہٕ ودٲنی گری یہ تہٕ زار　　وُچھن کر بو دوبارہ روے دل دار
ہیوٚتن پنہٕ نِس خدایس زار وُنن　　مےٚ ہاوُن ہندرِ اندر یار پنُن
وٗدِتھ واراہ تہٕ تھاوُن تن بہ بستر　　وُچھن درخاب چشمو بیہٕ سُہ دِلبر

اندر خابس پرن پیہ تس کھورن تل | نشے میے روز ساتھاہ اکھ مسأژل
ژ یٔے تمی سنز چھے درے بمہ یتھ نۄ ردیُت نے | یہ رنگ و بوے یٔژ از حۄ ر دیت نے
گیس بو چانہِ باپتھ مرٕ دِواناہ | وُنم سأمیٔے ژ چھکھ کمہِ خانہ دانہ
دۄ پُس تمی تورٕ چھس از نسلِ آدم | بصورت کۄ رسہٕ ذاتن بوملکر م
بیہ دوپ نس ژیٔے یۄ دچھے عشق میونے | پۄ زے بوز کھ میے چھُم عشق چونے
میے رُس کانہہ یتھنہ ژھار کھ شوہرِ خود | مہٕ کر الماسِ دیدہ گوہرِ خود
زلیخاے یہ کتھ بۄزتھ سیٹھاہ شوق | دِلس منز گوس یٔژ تمہِ صورتُک ذوق
زلیخا نندرِ نشہِ گے یام بیدار | گیس غأیب تتھے آں صورتِ یار
کۄ رُن ہے ہے تہٕ واویلا یہ کیاہ گوم | میے کتھ بختس اندر یُتھ پیوم سخ بوم
نہ روزِس عقل نہ روز اختیارس | یہ کتھ مشہور سپنے محل خانس
مرصع کارتس کیُتھ کۄ رکھٕ زنجیر | ژیٹس پووٕن، پنن آسُن بہ تدبیر
گہے گریہ کۄ رُن گاہ أس خندہ | گہے أسِ، مُردٕ آسن گاہ زِندٕ
وُدن رہوُن ہران اوش أس یٔژ کال | غمس منز باگ پیمژ تا بیک سال

سپن مقبول تمی سُند زارٕ پارٕ
وچھن سوے شکل پھیری پھیری دبارٕ

# زلیخایہ ہُند ترٛیٚم خاب وُچھن

زلیخا یک شبے بے صبرو بے ہوش      شوٚنگتھ سوٚے اَس تتھ نخٕتس در آغوش
ودن رِہون تسٕند نوزک بدن کل      وچھُن ییٚلہِ اَس پیٹھ پاین سوٗ ہ نکل
کوٚرُن پنہٕ نِس خدایس زارٕ پارٕ      کرکھ نا میانہِ پانٕنک کانہہ تہٕ چارٕ
بہٕ ترأوِس سارِوٕے در قاٗدخانہ      میے ہاو بیٚیہِ یارٕ سنٕدِ رویک نشاناہ
ودَن آلیس سنٕدِر واراہ گیس لتھ      وچھُن درخاب بیہِ آں شکل وصورت
پرن پیٚنے پیٚیے روٚٹن دامانہٕ تمِ سُند      مےٚ وَنتم ناوکیاہ چھےٚ پچھک ژٕ کمِ سُند
دوٚپُس تمِ چھُم عزیزِ مصر میے ناو      گرہ مصرس اندر چھُم تی ژٕ یٚتِس تھاو
وزیرن قربہٕ تھُد چھُس شاہ مصرس      وَنُن یی غاٗب بیٚیہِ گو وارٕ نشہٕ تس
زلیخا خابہ نِشے درایہ دِل شاد      کنیزِن قاٗدخانِس منز دِتُن ناد
ژٕجم دیوانہ گیِ آلیس بہٕ در ہوش      ڈٔیِو بابس مَژٕر میے گو فراموش
مُژٕرنس مالٕلی تس زنجیر گوہر      تھوٕکھ برتخت گوٚنڈٕ ہس تاج وزیور

حُسن مقبولہٕ تمِ سُند اوس مشہوٗر
ہیتِن یٕنٕ قاٗصد از شاہاں بدستور

بہر جا تِہند حُسنکی قصہٕ روشن      سپُن شاہن تہٕ سرداران یہ گوشن
تسُند ییٚلہِ بوٗز شاہو حُسن و ناموس      کوٚرکھ قاٗصد روانہ سوٗیٔ طیموس

وزیرانِ شہہِ روم و شہہِ شام — سمتھ گے بادشاہس ہیتھ سہٕ پأغام
ژٕ کر عُقدِ زلیخا ستیٚ شاہن — رضا تیمی سُند گژھی تتھ تھوتہٕ ساگن
دوٚپُس کینژٕ و لدو سأری خزانہ — بیو وُن تخت باتاج شہانا
زلیخائے ییلے بوٗزُن سہٕ پاغام — دوٚپُن مِصرُک مےٚ ماکانہٕ طالبا آم
دریں اندیشہ شاہن ناد دِتھ أنی — خبر تمی پادشاہن تس نِشے ونی
ییٚلے تمہِ کینہہ نہٕ مِصرُک بوٗزپأغام — نشے مأژس دوٚپُن وزآں دِلا رام
دوٚپُن داین لبو تہِ مِصرٕ پأغام — وزیرس پیٹھ عزیزِ مِصر چھُس نام
دوٚپُن داین بو کوو ماجہِ زالیس — بگردابِ بلا منز باگ آلیس
غرض ییٚلہِ شاہِ طیموسن تسُند بوز — عزیزس گُن وزیرا خاصہٕ تمی سوٗز

تھوٗس مقبول شاہن زارو فریاد
ژٕ کر 'اولاد نا اکبادنا' یاد

سہٕ قأصد ووت نِشے تس عزیزس — صفت ہاے زلیخا تمی وٚنن تس
تھوِن تس پیش کش شاہانہٕ گوہر — حقیقت تس وٚنن از پاے تاسر
عزیزن تورٕ دوپ نس چھُمنہ طاقت — تسنٕز کوٗر درنکاح انہ نچ لیاقت
تواضعِ کردو گُفتامن کہٕ ہستم — کہ دردل تخم ایں اندیشہ کاشم
مےٚ ییٚلہِ بخشتھ گژھیم یتھ نورِ دیدہ — بہ چھُس تمی سُند غلام زر خریدہ
مےٚ کر آسیم یتھے تانچ لیاقت — مےٚ چھُم منت سو تا دورِ قیامت

اگر شاہ بوزِ میأنی عذر خأہی — دوصد زرّیں عماری کرِ رأہی

بخدمت ساسہٕ بدی سوزس غلاماں — کنیزہ ژونژ با زیور ہزاراں

دلاور چھُس نہٕ بوچھس دل شکستہ — بہ حأضر چھُس غلامِ دست بستہ

یہ قأصد مژ دِ ہیتھ ییلہِ بازگشت آو — زلیخایے سُہ غم سورُے پٔتم دراو

خدایا کر تہٕ مقبولسؔ زغم پاک
غرق کرتکھ تسندی دشمن ژٕ درخاک

سُہ قأصد خوش خبر ہیتھ آو توشن — یہ کتھ یامتھ بہر کس وأژ گوشن

کرِن شامن مصاحب جمع سأری — زلیخا سوزنچ کٔر تمی تیأری

دِتُکھ تس ستی سامانِ عروسی — ہزاراں ژونژ از رؤمی و رؤسی

گنڈِن گوہر تمن ییٚہِ جامہٕ زیور — بصورت أسی تم حوٗرن برابر

غلامن ہند تمس اکھ ساس ہمراہ — تمن اوس زؤنہِ ہندی پأٹھی پیٚواں گاہ

زسرتا پاے گوٚنڈنکھ زیور و زر — مُرصع کار تھوِنکھ تاج برسر

گُریٚن ہُند ساس اکھ خوش رنگ پُر بار — ہزاراں اُشتراں موکھتگ لدتھ بار

زہتھ مغرش رنگارنگ پأرچن ہندی — دوصد صندوق پُر گوہر سونہ سندی

عبیر و عنبر و مُشک تتأری — ڈبن سونہٕ کیٚن لدتھ تس ستی سأری

کرِن بہر زلیخا اکھ عمأری — مُرصّع از طِلا تتھ قُبّہ دأری

گنڈتھ تتھ ہر طرف زربغت پردہ — وُچھتھ تتھ گُن گژھن دل زِندمودہ

تھٔو کھ تتھ منز سو درج برج شأہی — کرکھ باجاہ و عزت مِصر رأھی
غلاماں ژٕونژٕ نوکر باتگ و تاز — سُمتھ سأری پکن باہو دج و ناز
زلیخا اُس خوش باروی دلبر — بجلدی واتہٕ کر مصرس ژلیم شر
سپُن یلہٕ قافلہ نزدیکھ مصرس — خرانہ قاصدن نیُوتس عزیزس
مقبول آں قاصد عزیزن — دِژن بخشش تمس سجدہ زِ مخزن

## عزیزِ مصر سُند استقبال،

عزیزن بوٗز ییٚلہٕ آں دلرٕ با آو — با ستقبال لشکر ستیٚ ہیتھ آو
بقا نونِ شہان کُر تمی تیأری — ترٖہن کروہن اندر لشکر سواری
امیراں و وزیراں دِلاور — خِلتھ ؤلی ؤلی گلس دتھ تاج گوہر
سرا پردہ رنگا رنگ خیمہ خرگاہ — براہ فوج لشکر ستیٚ ہمراہ

ونی مقبول اکھ غزلاہ کنو بوز
گژھک اُخر، پتوا صلیچ کتھا روز

# غزل

بوز رٕکتھ پأٹھی دراو عزیز جشن عزیزانہ ییٚتھ

ستیٚ پانس رنگہ رنگے رسمِ عروسانہٕ ییٚتھ

تاج برسر حلہ در بر بخت تختس تل دوان

شوقہ پنہٕ نے ستیٚ پانس رخت معشوقانہ ییٚتھ

صد ہزاراں ژٕونٕزٕ آسس حور زن نوزُک بدن

اوس پکاں ستیٚ پأنس زن سٕہ پرٕی خانہ ییٚتھ

از غلامان و کنیزاں ساسہٕ بٕدی زربغت پوش

سیم تن نوزُک بدن رقصاں نژن جانانہ ییٚتھ

ساسہٕ بٕدی سردار گنڈِتھ ہٕلی پکن موہرے چھکن

لعل و یاقوت و جواہر موکھتہٕ کی دامانہٕ ییٚتھ

گُل تہٕ پھوٚلی ریحان و سنبل ستیٚ ہیتھ خود باغباں

عشقہٕ پنہٕ نے اوس پکاں مُشکِ عنبر خانہ ییٚتھ

کوٗزٕ بٕری بٕری از شراب وَمی تہٕ مَس شیٖشن لدِتھ

ساقی اندر مُستی خود خوش پکن خمخانہٕ ییٚتھ

درج بٕری بٕری جوہرن ہندی موختہٕ صندوقن لدِتھ

دفتری دفتر وُچھن مغرور دولت خانہ ییٚتھ

مخزنٕ سأری خزانہ بار اوٗنٹن پیٹھ لٔدِتھ
زیور و زربفت اطلس گوہرو دُردانہٕ ہیٛتھ

سازو سیتار و رباب و چنگ شاہانہ وزن
مطرب و سنطور چھی وایاں شورہ...... ہیٛتھ

خلعت مصری ۆلتھ یاراں عزیزٕس گُن پکاں
با چنین جاہ و حشم اکھ مجلسا شاہانہ ہیٛتھ

ستۍ یم أسی با زلیخا کرٛزاہ تمن بخشش دِژن
خاص و عامن قدٕر موجُب دراو سُہ ارمانہٕ ہیٛتھ

اوس لشکر ستۍ پکاں ہیٛتھ سُہ بے عدد و شمار
خمہٕ خرگاہ کُرسیٔ زر پالک و زأنپانہ ہیٛتھ

أسی توٗت آمتۍ سمِتھ از ہرطرف سوداگراں
چین ما چینکی عجأیب چیز ہندوستانہٕ ہیٛتھ

شیر و شکر قند و نبات مصٕر گٔے خانن لدِتھ
پیشکش پیش زلیخا سۆزی تمۍ جانانہ ہیٛتھ

خأنی چن کبتھ نان وحلوہ و لباب وزرنگار
وازہ سوزِن ساسہٕ بدی ہیٛتھ ستۍ......

عاشقن کۆر خرچ مخزن سور معشوقس پتے
أسی یم مقبولؔ تم گٔے بخششے ہندی بانہٕ ہیٛتھ

زلیخا اَس اندر خیمہٕ دل شاد　　سرو یتھ درچمن آسن چھ آباد

عزیزن دوٗپ دِیومیون خیمہ وخل　　زلیخاے ہندس خیمس نِشہٕ جَل

کرکھ جلدی عزیز خیمہ برپا　　بگر دا گرد خرگاہِ زلیخا

زلیخاۓ دوپس داے یہ کیاہ بوز　　بہٕ وُچھ ہنٔ یار سِینس چھُم سیٹھاہ سوز

ژ کر خیمس شگافاہ ژوٚرِ ژوٚرے　　بہٕ وُچھ ہنٔ یارِ جاناں دوٗرِ دوٗرے

بہٕ حکمتھ دایہ تتھ خیمس دِتُن چاک　　وُچھتھ تمہِ تس عزیزس کُن ژھٹِن باک

وچھُن یَیلہِ تس عزیزس صوٗرتھا بیا کھ　　وُچھتھ تس کن پیہ در فکرِ غمناک

دوٗپُن دائے سُہ کیتہِ چھُم یُس میے درخاب　　وچھُم تس ہیو چھنہ خورشید و مہتاب

یہ چھُم دوزخ میٚے وُچھمت اوس رضواں　　ستہٕ وٗری یہ پتہ تس گیہِ سہٕ حاراں

خزانہ اتھِ یتھ روٗدُم یہ شہمار　　سُہ وَلنے آم چھُم موکلُن مے دشوار

وۄدُن واراہ دوٗپُن پنہٕ نس خدایس　　دپان تامتھ ز غاب آواز آیس

کہ ای بیچارٕ سرتل وٗلی ژ از خاک　　ازیں مُشکل کری حل ایزد پاک

عزیز مصر مقصودِ دِلت نیت　　ولی مقصود بےٚ اوحاصلی سینت

خزانہ چون اوسے پچھے ژےٚ قسمت　　چھولیس نِش واتہِ تتھی نِش راورتھ وتھ

مداراز صحت اوتو ہیچ ہمت　　کذو ماندہ سلامت فصلِ سیمت

چہ حاجت گوہرت راداشتن پاس　　زِ نرم آہن نیا بدکار الماس

ازیں مژھ زلیخا گیہ دلشاد　　لبن اُمید وچلج صلح روٗز دلشاد

بظاہر اُس سوے خاموش درغم — بہ باطن عاشق مقبول عالم

گُذر گوو شب تہٖ یامتھ صُبحدم آو — عزیز مِصر خیمہ نِش نیبر دراو

لذکھ ضُمجس زلیخا در عمأری — بقانونِ شہانِ شہر یأری

وچھن کھوٚوُری سوار اُسی ایستادہ — صف اندر صف ھزاراں پاپیادہ

سرود و ساز وایاں آسہٖ ژوٚنہٖ — ز سرتاپاے پرٛتھ سونہٖ سٕنزٕ

عزیز اوس شادماں تمہٖ شأدیانے — چھکن موہرٕ پکن گو تابخانہ

تتھے پأٹھی گے پکاں ناساحِل نیل — پکن آہستہ آہستہ نَے بہ تعجیل

کنیزانِ زلیخا آسہٖ خورم — زلیخا سأنی سپنی فارغ از غم

زلیخا اُس باغم در عمأری — کرن سوے بافلک فریاد زأری

کرتھ کیاہ ای فلک بامن یہ تأزی — کرکھ نا میأنی لللہ چارٕ سأزی

گیس درخاب آوارٕ کمِس پتھ — تبا حق تمی مےٚ راوٕر مصر کُن وتھ

نہ روٗزِس میلہ وٕنی بو ماجہ ہنزے — نہ چھُس لایق بہٖ پھیرتھ مالِکی سٕنزے

مےٚ مُشکل کرانہٖ نِش نیرُن نیبر گوٚو — یہ کتھ پانس مےٚ لتھہٕ زیروزبر گوٚو

زلیخا اُس ایوٚن میل درمہل — تتھے پأٹھی وأتژ تانی برساحِل نیل

عزیزٕ اوس گوہرن ہُند خان ہاران — لگن پیٹھ برچمن والن چوباراں

عزیزٕس درایہ مصر کی لوٗکھ سأری — باستقبال با گوہر نثأری

دوطرفہ اُسی والن موختہ گے روٗد — پننی شاہ و گدا تہٖ سأری خوشنوٗد

زلیخا باچنِس شاہانہٖ دستور — بخانہٖ واتہٖ نأون جنتچ حوٗر

تھوٕک برمسند زریں سو دلبر گلس پیٹھ تس چھلکھ صندوقِ گوہر
مرصع تس تھوٗکھ کیاہ تاج برسر رنگا رنگ خلعت شاہانہٕ زیور
چھکُن موکھتہ بسر تس کر رضا گوٚو تِمس پیٹھ زن سُہ باران قضا پیوٚو
چھُ کیاہ حاجتھ تمس از گوہرو تاج تیٚمس گژھ تخت سُلطانی تتا راج

تیٚمی اکی وُچھ روے مقبولِ الٰاہی
چھُ کیاہ حاجتھ تِمس از پادشاہی

کری کیاہ دأدی لدس باغ و بُستاں گُل و گلزار تس خارو شبستاں
سُہ بُلبل ژھارِ وُن گلروےیہ یوسف شب و روز اوس آسن درتأسف
غلام و ژونٕز آسس دست بستہٕ بخدمتھ ہیٚتھ اُتھس کیٚتھ پوشہٕ دستہٕ
سرود و ساز در مجلس وزَن اوس ز سوزِ سینہ تمی سُند دل دَزن اوس
نشے تس ماہرو یانِ سَمن بر کرن بأزی رِگندن تس ستی یکسر
بظأہر سوٕے تمن ستی بگفتار بہ بأطن اوس دردل تس غمک نار
عزیز اوسس غلاماہ زن بخدمت ولیکن تمی سُندے تس اوس نفرتھ
زوقت صُبح تاشب کار اوغم ہُرن اوشِ، اوس گُلرویس چوشبنم
وَدن از دردِ ہجر از روز تاشب وَنن اُس وعدہ کرتم پورٕ یارب
گیس رُسوا پنیٚس بو در غریٖبی ازل میون اوس اُخر بے نصیبی
وَنن واوس شیٚچھاہ وچِھ انکھنا ژٕ میأنس یارٕ سنزٕے شیٚچھ انکھنا
دیٚمَن اُس باغہ کیٚن پوش سُہ گُل میون چھُ ماتوہہٕ منز مییے لوٚگمت زوٗنہٕ چھم گروں

پرژھن جاناورن لوٚت یار میۆ نے — أچھو ما ڈیوٚنٹھ وَن غم خار میۆ نے
وتے یوٚ دوٚے پکن اوس کاروانا ہ — دِپن أسِکھ مےٚ ؤنی تو اکھ نِشاناہ
گھے درباغ تراوان أس نالے — بہتھ روزن بنزدیک گُلالہ
گُلالس أس دَپاں کیاہ گوٚمُت چھے — مےٚ تے ژیٚنے ہیو دِلس داغا پیوٚمُت چھے
دپاں أس رؤد نیلے کتہِ اونتھ آب — مےٚ چانے کھوتہ یُژ آمُت چھ سأیلاب
بدیٖں دستور گوٚو اکھ مُدتھا دُور — وَدن زن دوزخس منز جِنتچ حوٗر
منگاں آس صأجبس دیدار دلدار — ہمیشہ روزو شب بانالہ و زار
یتھے پأٹھیٖن گذأرِن سال درسال — ارادہ حق سپُن نوٚن دراس اقبال

بیا مقبولؔہِ قصہٕ کر برابر
زکنعاں ماہ کنعانش بر آور

زلیخا بادِل اُمید وأری — نظر تر أوتھ براہِ انتظأری
کرن جأمژ چھ یتھ منز نگتہٕ رانی — چو یوسف ووت درعہد جوانی
سپُن یعقوب تس پیٹھ یُژ مہربان — بِین نیٚچوٚیِن کُنتھ تمی وٚوٹنہ دامان
رشک تمہِ کُے دِلس منز رُوٹکھ لأزم — سپُن چارہ بہ یوسف وارِ عأزم
شبہ اکہ یوسفن بابس عرض کوٚر — مےٚ گوٚ ژھ عاصاز جنت سبزتہٕ دوٗر
ز عہد خورد سأئلی تابہ پیری — مےٚ یُتھ کرِہی سُہ عاصا دست گیری
منگونا از خدا ایں کارسأزی — میے باین منز تہِ آسیٚم سرفرأزی
دعا پیغمبرن موٚنگ تہٕ مدعا دراو — عصا ہیتھ از زبر جد جبریل آو

پیام اونہس یہ چھے فضلِ الاٰہی　　عصا !! بارگاہ پادشاہی

تہٕ بوٗزتھ پیٚو حسد باین دلس منز　　حَسد کیٚتھ یوسفس ہیوٚت ہے کرٕن سنز

اول بایو سمتھ کوٚر ہے حسد تس　　پتو یوسف سپُن مقبول ہرگس

ستارہ کاہ، ماہ و شمس سمتھ　　دِوَن تس سجدٕ با تعظیم نیت

سپُن بیدار ییلہِ بابس وَنُن خاب　　دٕ وُپُس تمی یتھنٕہ ونکھ کأنسہ کرتاب

قضارا یوسفن وٗون خاب یکسر　　أ رِکس نِش تمی وَنُن بایُن سراسر

حَسد آکھ پیش ییلہ بوٗزکھ سُہ پاغام　　کوٚرکھ با یکدگرادٕ مشوراہ تام

کوٚرکھ ییلہِ مشوراہ أکی ژوپ بنیس کُن　　بِلا شک گژھ یوسف ژوٚرِ مارن

دوپکھ بی ژٕنی یہ مارن بڑ کتھا چھو　　مسلمان بے گناہ مارن گناہ چھو

پتو سمتھ کوٚرکھ یکجا یہ تدبیر　　ژھنُن گژھ دوٗر چاہس غیرِ تاخیر

دلن منز گر تمو ایں حیلہٕ کأری　　گژھو بابس پگاہ سمتھ تہٕ سأری

یہ مقبول اوس امہِ تدبیرٕ نِش پاک
محافظ اوس أمی سُند ایزد پاک

سمتھ گے نشہِ بابس وأتی صُبحس　　بزا نوے ادب پیٹھی برونٹھٕ کنی تس

کرِکھ اوٗل تمو تس کُن سلاماہ　　فریبک تس وَنُکھ بیوٚن بیوٚن کلاماہ

دوپکھ تس أسی گژھو سأرس بصحرا　　دییوٗن اَسہِ سٕتی یوسف تہی تہٕ ہمراہ

چھُ آسان گر بہتھ روز تاشب　　فارسلہٗ غداً یرتع و یلعب

وُچھو صحرا تہٕ مأداں گُل تہٕ گلزار — گبہٕ دود چیٚپہٕ ما وارا منز وار

گرٛھیس دِل خوش وُچھے ییٚلہٕ اکھ تماشا — رچھُن اسہ جبہٕ حاشا ثُم حاشا

یہ کتھ ییٚلہٕ بوٗز یعقوبن دوٚپن تاں — مے یوسف چھُنہ سوزُن سوے مأداں

بدن نوزک چھُ تس ناحق تھکیٚس سُے — پکتھ توہہ ستیٚ ءتیٚن کرہیکیٚم سُے

دوٚپکھ تس أسی چھِ ساری بڈ دِلاور — اتھو ءتیٚن کڈو گورگس مُلہ سر

رضا گونہ تی یعقوبس بدشوار — دیُتن یوسف تمن ءتیٚن بلاچار

چھُنہ سمسار باہر کس وفادار — اوے رٲدی امہٕ نِش لوٚب تم نکوکار

چھ تم آسن بہ تقدیر خداوند — ثنا پرٲنی بہ محنت شاد و خورسند

ییٚلے نیوٗ بوے بایوٗ ستیٚ پانس — گھے بر دوش گہہ بر سر پھِراں تس

گیے ییٚلہٕ از نظر مألس نِشے دوٗر — پتھر دأرِتھ دِتکھ آں لختہٕ نوٗر

کڈکھ نالأنی تسی پایوٗ نیٚبر گن — گرفتار بلا سپنیو سہ گُن زُن

کنڈیو پیٚٹھی گوس پادن پارٕ پارہ — کران اوسکھ بیونُے بیُن زارٕ پارہ

گرٛھن پتھ اوس أسس مُشت لایَن — وَدن زأری دِپن اوس دورٕ باین

کرن اوسُکھ تمن دامانہٕ گیٚری — تم أسی یِژ کرن تَس پیٹھ دلیری

کٔن أسس لمن زورٕ بہ ہیبت — تُمس تم کرنہٕ دیون أسی نہ کتھ

طپانچہ دِتکھ تس بر روے گُل رنگ — پوٚکس اِدِ خون جأری گوسیٹھاہ تنگ

سپُن نامید ییٚلہٕ نشہٕ دورٕ باین — پوٚتس پتھ أسی تم تس زورٕ لاین

دِتن فریاد مأ لس گُن بزأری — وُچھکنا میانہٕ بابو میأنی خأری

کُجائی اے پدر اٚخر کجائی | زِ حالِ من چنین غأفِل چرائی؟
ژ یکھنا وونی وچھکھنا میون احوال | کینزٕک زاوٕ میے کیاہ چھی کران خال
چھُ ہرنہ رامہٕ ہوٚنٛین بو حوالہ | کرتھ گوہم کمو دایک خیالہ
گلاہ اوسُس بہ چانے باغہ درامُت | وُچھکھنا سأنبتھ کیاہ چھُم مےٚ آمت
ژ یکھنا گُشتہٕ تشنہ چھُس بہ درآب | مےٚ چھُم دیدار چونے کوثرٕک آب
پیٚہے سختی تمس اٚس تاسےٚ فرسنگ | کرن نرمی سُہ اوسکھ تم کران جنگ
غرض اٚخر سُہ زیبا صورتِ ماہ | گوٚنڈکھ رنبس پوٚتس لوٚیکھ سُہ درچاہ
کئیاہ پیدا سپنٕز چاہس اندر زوٚد | پیٚوٚن یوسف بہتھ تتھ کنہٕ پیٹھ روٚد
امر در آنزماں آو جبریلس | مُژر تأویزٕ ازبازو خلیلس
تمی تعویزٕ سٟتۍ از حکم منان | خلیلس پیٹھ سپُن نارس گلستاں
بمعہ تعویزٕ خلعت جبریلن | اوٚنن تمہِ سٟتۍ وٕج تمی یوسفس تن
دوٚپن تس بعد ازاں ای شاہ غمناک | سلامت می رساند ایزد پاک
دپَن چھُی حضرتِ حق شاد وخوش روز | دِلے نِش تراو غم تہٕ محنت وسوز
انکھ سأری بو چأنی یم ستمگار | ژٕ یٚ نِش حاضر ژٕ آسکھ شاہ تہٕ سردار
ژ زانکھ مو بمو احوالِ ایشاں | تِمے آسن ژٕ یٚ نِش غأفل پریشاں
سپُن یوسف یہ بوٗزتھ شادو خُرم | مصاحب اوس تس جبریل ہمدم
یِوَن اٚسس برادر تابہ سیے روز | کران تس کُن نِدائے شکوہ وسوز
بیاد حق سُہ یوسف اوس باہوش | صدا بوزتھ تُہند اوسُے سُہ خاموش

## پتو مقبول حق مقبول آسن
## بجلدی چھک خداغم غوصہ کاسن

سُہ یوسف ترین دُہن چاہس اندر رُؤد
بچہارُم روز تمی سُند دراو مقصود

زمدین دوت توّت اکھ کاروانا
نِشہ گو تتھ چہس تامتھ جوانا

ئگہ ژھُن تمی جوانن تتھ چہَس منز
کرن ہیوّت آب کڈنک تمی تتھے سنز

بہ یوسف گفت جبریل امیٖن
بگُس منز کھس ژِ کر شاہی زمیٖن

سُہ یوسف کھوّت بگُس منز تس جوانس
لوٗگُس بارِ گرانک زور پانس

بچالاکی کوّڈُن ییلہِ ئگہ از چاہ
وچھُن اکھ صورتھا تابندٕ چوں ماد

تجُن آواز یا بُشَر بروں تام
چھُنہ انسان یہ کیاہ سَنہ منز بگُس آم

ئُھٹِتھ ڈیرس اندر تمی واتنوُن
سُہ پنہاں مأٔلکن در پردٕ تھووُن

چہَس پیٹھ بأٔی تمی سِندی آیہ یامتھ
وُچھکھنہ بوے تتہ پیہِ در نِدامتھ

سُمتھ تتہ کاروانس کوّر تمو جنگ
سُہ مأٔلکھ جنگ وُچھتھ گوسیٹھاہ تنگ

چھُ کوّر مُت ایی غلام اسہِ غرق درچاہ
چھُنہ مانن حُکم زاہ دراو گُمراہ

ٕکنون أسی یوّ منہ مول دِیس کم
چھُ نافرماں اَسہ نسبتھ بہردم

کنٛھ تس مأٔلکس کینژن فلوسن
لزِ کھ میٖژ دامنن ترأٔوتھ ِگندن سون

دِتکھ تمی وُہ دِرم کھوّڈی مول تہ قیمتھ
نیکھ زِے زِے تمو گنز رتھ ہیژ کھ وتھ

دٕہو اندرے یہودا اکھ برادر
دَپن تمی مول تسند روٹنکھ نہ از سر

سُمتھ تس دِتکھٕ لا دعوی لیکھت نیٔ کھ
کھُٹن ہیوّت مأٔلکن دُنیا ودٕہس نیوکھ

تسُند مول زانہٕ ہی پانے سُہ یعقوبؑ / خریدار زلیخا آس تس شوٗب

توے پتہٕ مالؠ کن تُل کاروانا / بسوے مِصر سپنے تِم روانہ

ہیوٚتن اونٹس لدِتھ سُے نیون پانس / سپُن مقبول رِتی پاٹھین جہانس

سُہ مالکھ مِصر ییٚلہٕ ووت از رہ دوٗر / سپُن مصرس اندر ایں قصہٕ مشہور

غلاماہ مالکن اونمت چھُ ہَمراہ / دپن تس ہیو چھُنہٕ خورشید نہ ماہ

یہ بوٗزتھ شاہِ مصرن دوٚپ عزیزس / گرٕھک نایکھ وُچھتھ تس خوش تمیزس

عزیز آو حاضرتس اندر بدیدن / دُتُن سجدہ تمس کُن تِم عزیزن

دُتس نہ یوسفن سجدہ دِنے تس / دپُن تس سجدٕ شوبی دیُن خدائس

عزیزن مالؠ کس دوٚپ چھے طلبگار / غلامس شاہ مِصرک رت خریدار

عزیز ییٚلہٕ گوونن قصہٕ بسُلطاں / غلاماہ بے بہا از ماہ چھُ تاباں

بہ عزت پادشاہن گوٚنڈ نہٕ زیور / غلامن تہ کنیزن لعل و گوہر

دوٚپکھ گُس آسہِ منز خاصن تہٕ عامن / غلامی چون ہیو میانئین غلامن

پگاہ نیو مالکس یوسف بہ تعجیل / برائے شست و شو برساحل نیل

بدریا ترآو یامتھ یوسفن لتھ / سپُن عاشق سُہ دریا یوسفس پتھ

چھلُن یوسف وٕوٚلُن تس خلعت زر / موٚلُن تس گیو اونن مُشکِ ادفر

تھوٚون یوسف بہودج گوشہ رأھی / سپن نزدیک مِصری پادشاہی

تہ مصرک بادشا باخیل و خوباں / وُچھن اوس یام تام آو ماہ تاباں

اوبر اوس آسمانس اندر آں روز / کھُتِھ اوس آفتابِ عالم افروز

بہ یوسف مائلکن دُپ پردہ بردار ۔ نٚیبر نیر خاص و عامن ہاو دیدار

سُہ یوسف دراو پردہ نِش نٚیبر گُن ۔ گُمان سُد ناظرن خورشید گو نۆن

زحیرت کریکھ تِج لوکو بہ یکبار ۔ کہ یارب کیُتھ چھُ اپس خورشید انوار

سپنٕ شرمندٕ مصرکی ساری معشوق ۔ تِمس مقبولہ سُند دردل رٹُھ ذوق

زلیخا اُس اندر غم شب و روز ۔ بخواب خویشتن حیراں و دلسوز

سپُن در مصر یامتھ شور پیدا ۔ پرژھُن درشہر تامتھ کیا چھُ نموغا

دۆپکھ تس ووت یوت فرزندٕ ناما ۔ بشہر مِصر کنعانک غلاما

چھُنہ تیُتھ نوٗر وُچھمت آفتابس ۔ بدُنیا کانٛسہ منز ہِندرے تہ خابس

زلیخا درایہ ذرہودج سوارہ ۔ کرن از ہر طرف تس گُن نظارہ

وچھُن یامَتھ سُہ شاہِ مُلکِ خوباں ۔ گیے بے خود پیٚے در نالہِ افغاں

ٹکن ہو دج کشوینہ سوے خالہ ۔ زبے ہوشی سو ہوشس آیہ پانہ

پرژھُس دایے ژٕ وَنتم ای دل افروز ۔ تُلتھ کوٕ نالہ و افغانِ جانسوز

دۆپُس تمہِ چھُ یوٗ ہے وُچھمت مے درخاب ۔ وچھتھ تس کن پِیٚس بود رتب وتاب

زخان و مان اُمی آوارٕ گُرنس ۔ دریں آوارٕگی بیچارٕ گُرنس

دۆپُس دایے صبر کر کیونژ کالا ۔ کڈی از صبر مطلب حقِ تعالا

خدا چھے سائبرن پیٚتھ راضی روزان ۔ گژھن مطلب روا فریاد بوزان

چو یوسف شد بخوبی گرم بازار ۔ پۆلتس پَتھ آیہ مصرکی بڈی خریدار

بڈا اکھ اُس درامژ سترٕ ڈٕٹ ہیٚتھ ۔ خریدارن اندر گیہ ہیٚتھ اتھس کیٚتھ

دوٚپن چھس بُتہِ عاشق یوسفس پۆر     خریدارن اندر پتہ روز مشہور

کٔنُن یلہِ مائکہِ کُن کوٚڈ شاہِ یوسف     وُچھتھ تس کن خلق پیٚہ درتأسف

فغان و نالہِ از دیوارو در دراو     ہینے یلہِ یوسفس سورے شہر آو

اول دراو اکھ خریدارا نبر نوٚن     دِتن تمی ساس موہرہ مائلی کس کُن

خریدارن دویمی تس پیٹھ بوٗرن چاو     نِشے سۓ مائلی کس ہیتھ لچھ درم آو

تمس پیٹھ دراو دولت مند دیگر     اُنن تمی وزں یوسف مُشک ادفر

تمس پتہ بی خریدارن تلُن سر     بہ وَزنِ یوسف اُنی تمی لال و گوہر

دیکھ کر آسہ اسہِ منز خاص و عامن     غلاما چون ہیو میانین غلامن

بدیں دستور سوداگر ہزاراں     رنگارنگ مال ہیتھ تتہِ آسی پراراں

زلیخا ییلہ بوزتھ گے خریدار     دو چند تمہِ لال تس پیٹھ دِتنہٕ یکبار

عزیزس کُن دوٚپُن ان تن بہ قمت     بجلدی این غلامِ نیک خصلت

عزیزس آسی یم گوہر خزانس     کڈِن تم سأری سومبرتھ ستی پانس

ولیکن اوس تس پیٹھ شاہ طلب گار     غلامن منز کرن بو خاصہٕ سردار

دوٚپُن شاہس عزیزن ملی ہیٚمن بو     دِیو نم یوٚد. بفرزندی نمن بو

دِتُس شاہن اِجازتھ نیٚن پانس     ہیوٚتن نشہِ مائلکس لعلہِ خزانس

اُنن ییلہِ سوے خانہ گیہ دلشاد     زلیخا تس وُچھت از محنت آزاد

کرِن گتھ شمع رولیس تمی سندس پتھ     چو پروانہ زلیخا راتھ دوہ گتھ

## وننِ یی آس اے مقبولِ مسعود
## ژٕ چھک میونے کلیدِ گنجِ مقصوٗد

دپاں اکھ عاذِ کوراہ اُس مشہور — بصورت اُس سوٗے زنِ جنتٕچ حوٗر

دپاں تَس اوس بے حد مال و دولت — تمِس گو یوسُفن بوزتھ محبت

لوٗدُن اکھ ساس اونٹن پُرز گوہر — ٹُلن رفتار مصرس کُن برابر

تسنز آواز ییٚلہِ گے شہر مصرس — ہزاراں خلقِ عالم برونٹھ گے تس

پرژھُن کَتھ جایہ تھومُت ماہ کناں — دٕوٗپکھ تس آیہ تَتھ جاے شتاباں

وچھُن یامتھ سُہ یوسف گیہ بے ہوش — زِ بے ہوشی دوبارہ آیہ درجوش

وُچھن اکھ صورتاہ ز آلودٕگی پاک — دٕوٗپُن پیدا یہ انساں چھُنہ از خاک

دٕوٗپن تس وننہِ کُمی گر چاۓنی صورتھ — ژٕ کرتم باوتھاہ میٚنے ہاوتم وتھ

دٕوٗپُس تمی میاۓنی صورتھ چھےٚ زٕ ژاہ اکھ — زِنورِ بحرِ قدرت، زان بے شک

تمی کُرٕمٕژ چھ صورتھ میاۓنی پیدا — تمس کُن ہردو عالم گشت شیدا

بہ چھس سایہ سُہ زانُن آفتابا — سُہ چھےٚ دریا بہ چھس تمہِ کے حباباہ

بہ ہٕی تمی سُند عکس چھس اصلس نِشے گرٕٹھ — بسوے اصل گرٕٹھ عکسس مہٕ کرپَرٕٹھ

عکس اُخر فنأیی بے ووفا چھےٚ — اصل زانن بقا نور صفا چھےٚ

کٕوٗرن صد آفرین تمہِ یوسفس کُن — وُنتھ اسرارِ حق ہوٗوُتھ ژٕ ےٚ مےٚ توٗن

ژٕوٗتھ غأرس نِشے دِل میون یکبار — دِتھ ہاوِتھ میے اصلُک وصل دیدار

ہیوٚتُن نشہِ یوسفس رخصت بہ تعجیل | لژن اکھ کوٹھرا برساحِل نیل

کرُن تتھ منز ہیوٚتن شُغلِ عبادتھ | بہ عشق وصل اصلاتس حقس پیٹھ

دتُن یکبار مال و دُر و گوہر | بہِ مسکیناں و محتاجاں و مُضطر

روٚٹُن مولا ژوٚٹن سورُے ز عالم | روٚٹن نہ بہرنانِ چاشت درہم

کلس پیٹھ تاج ترأوتھ ٹوٗپۍ برسر | تھوٚوُن تمہِ کِ ہنہ نمدا اِناٰلی دربر

اَتھس تسبیح، فرش سیکھ، شاندتس سیر | خُدا ہاٰدی ہیوٚتُن سپنس عشق تیر

عمر سأرۍ کرِن تتھ منز باتمام | کتھا اکھ یتھ لُج تس باسر انجام

دِلا مردانگی زیں زن بیاموز | زراہ شیونی شیون بیاموز

پتو مقبولہ مردی ہێچھتہٕ زیں زن

تمِس کیاہ آیہ اتھہِ عشقس اندر ہن

سُہ یوسف ووت یۍلہِ پیش زلیخا | خزانہ رووُمت تمہِ لوٚبنہٕ یکجا

شب وروز أس تس کُن خدمتس پتھ | کرِن شمعس پتہ پروانہٕ زن گتھ

ترہے ہتھ تہٕ شیٹھ رخت زربفت اطلاس | زِ زر کوٚرنس کمر بندا میانس

نۆی نۆی جامہ تس ہر روز صُبحس | وُلن خلعت ملن عنبر بدنس

کرِن تس گیسوٚن سو أس شانہ | تھون أسس بسر تاج شہانہ

رنگا رنگ قند و نبات مغز بادام | انن حاضر نشے تس صبح تا شام

ز نعمت خوان ہائے گونہ گونہ | دِوَن تس کُن سو پرتھ میوٚک نمونہ

کباب و سینہ ہائے مرغ و ماٰہی | مُرّبا و ضیافت ہائے شاٰہی

نبات وٕ شہد و حلوا قندٕ شربتھ　　اتھس کیٛتھ یِتھ تہٕ چاون تس پوٚتس پتھ
وُتھرنس مَسندس مخمل تہٕ قالین　　تھوٗونس بافتگ تس شاند زرّین
کراں اُس ازلب شیریں سوخہا　　سو با یوسُف بہتھ از شوق تنہا
رنگا رنگ اُس تس افسانہٕ باوَن　　نشان وصل معشوقی سو ہاون
سو غمخار اُس غمخاٗری کرن تس　　بخانہ سو پرستاٗری کرن تس
بروز و شب یتھے پاٹھیٚن تمِس پتھ　　کرن زن زون افتابس پتے گتھ
دوہہ اکہ یوسفن از محنت راہ　　وٕنن پانے بیہ اَن زحمت چاہ
زلیخایے گنو ییٚلہِ قصۂ چاہ　　ز یوسف بوٗز تروون نالہ واہ
زلیخایے تہِ بوٗزِتھ پیوس ماتم　　دل و جانس ہیوٚ تن تس آتش غم

تمس اوس حُب اَن مقبول دردل
غمو کھوتہ یہ غم یُث پیوس مُشکل

سُہ یوسف اوس اندر کامرانی　　کرن پانس تمنایے شبانی
دلس منز یوسفن امہ چی فکر بُر　　شبانی سارِوے پیغمبرو کُر
تمنا ییٚلہِ زلیخاے تُسند بوٗز　　جمع کرنی تمس تہٕ نوکرا سوٗز
دٕوپن تس اُنی زِ ناٗدر بُرہ چند　　گرٕھنی آسن تمے بے مِثل و مانند
گرٕھن آسن وَنے فربہہ گرانبار　　تم آسن از گرانی نرم گفتار
سُہ یوسف اوس رنبس پیٛٹھ شتابان　　یتھے ییتھ تارکن منز ماہِ تابان
دِتُن تس خدمتس ہتن غلاماہ　　امی ہتہِ دراو یوسف دربیاباں

شبأنی تمیٚ کرن کینژن دٕہن تام تمنایے دل خود کوٚر نہٕ اتمام

سٕہ مقبول اوس مانندِ پری زاد

ز شأہی و شبانی ہردو آزاد

زلیخایے ہمیشہ یوسفن سوز بخاطر اوس آسن تس شب و روز

دپان اٗس کرتیم یوسف نبر میٚے کوٚرم عشقن تسندِ زیر و زبر میٚے

تمن لعلِ لبن بو بوسہٕ دمہٕ ہٕس رٹن دَربر وٕنن تس غوصہٕ ہیٚمہٕ ہس

زلیخاتس وچھت اٗس اشک ریزاں ولیکن بود یوسف زو گرُیزاں

کرن وصلک زلیخا اٗس چارہ ولے یوسف کرن تس نِش کنارہ

زلیخا اٗس ییٚلہِ تس روے ہاوَن نظر یوسف کھورَن کُن اوس تراون

زلیخا غرق گے دربحر این غم وُچھتھ یوسف نہٕ کُن تھاون چھُ سرخم

ازین غم شانہ مولیس زاہ کرُن نہ نہ رولیس ساز و سورمک غم بوزُن نہ

وچھُن گاہے بیٚگاہے اٗنیس کُن دوٚپن اٗس صورتس کن کیاہ مے سپُن

ہیٚژن پامہٕ دِنے پانس بدشوار گیس بوکس غلامس پتھ گرفتار

نٕے گوٚژھ آسُن ہوس ہیو شاہزادا بہت تختس بسر تاج شہانہ

میٚے یُہٕ افسوس چھُم لادَن تیمس پیٚٹھ ژلن ژیےٚ نش تمس چأنی چھِ نفرتھ

وَنن یی اٗس اٗخر ماے دردِل گمرٕ از عشق یوسف جاے دردل

مژر اوسس نہ جز یوسف بہ یکدم تسندی عشقن سو رٹمژ اُس محکم

چھُنہ معمولِ عاشق عشق تراوُن

تمن مقبول عشقن مَس چھُ چاوُن

زلیخا دایہ ییلہِ ڈیٹھن بدیں حال پرژھُن تس وَنتہ میے کیاہ چون اوحال

بہ چھس زانن ژ چھک درغم گرفتار لوٗبتھ مطلب ژےٚ چھے پانس نشے مال

ژےٚ کیاہ غم چھے پیوٚمت معشوق دردام رٹن دربر پئِن یارِ دلارام

ژ کر بوسہ کنار کامرانی بدلبر چھے یوٚہے وقت جوانی

زلیخایے تھوٗون دایے گراہ گن تہِ بوٗزتھ دوٚپنہٕ تس ای مادرِ من

چھُ آسن میے نشے، ہرگز وُچھم نہ مےٚ کیاہ زاہ میون خاطر تمی روچھن نہ

بوچھس تشنہ سہٕ اوسُم شربت آب مےٚ کیُتھ آب حیاتِ خود کوٚرن خواب

کرن أُسس بہ تس داما یہ گیری ژلن چھُم برونٹھ کنہِ میٚے از دلیری

ہیٚرِن نہ زاہ تہِ میٚے ہستن گراہ لے نہ از خمخانہٕ خود چاُونس مے

دزن چھس رات دوہ زاں آتشِ سوز ژےٚ وُنمے کس ونہ احوالِ دل بوز

دوٚپن دایے ژ کر کینہہ چارِ سازی گژھ ہَن ہن لجم وَصلس درآزی

لگئ دوڈ چےٚ بیٚے مےٚ یاریاہ کر غمس منز چھس تہِ اکھ غمخاریا کر

ژ چھک مقبول میونے لاگ دلدار

ژ وَنس زار انتِن مے نشے یار

نِشے لَس یوسفس گے دائے رأہی ۔۔۔ وُنن لَس گُن سَنائے پادشاہی

دوپُس تمہِ بوزتم ای شاہِ عالی ۔۔۔ وَنے بو تی زلیخایے وُنم پی

زلیخایے ژٔے پتھ شُری پان راوُر ۔۔۔ کوٗرتھ کیاہ ژٔے یہ کرسأ کانسہٕ کی کوٗر

ژٕ چھک سَروا بہشتُک سایہِ تراوُس ۔۔۔ شبے اکہِ وارٕ لَس دیدار ہاوُس

ژٕ چھک آبِ حیاتا، زندگی بَس ۔۔۔ گرٕژھی کیاہ کم ژٕ یوٗد قطراہ دِیکھ لَس

ژٔے چھَے نا مُلکِ حُسنچ بادشاہی ۔۔۔ چھیٚنی کیاہ یوٗد کرکھ تَس گُن نگاہی

ہوٚس چھُس نا چِھنن حُسنِ عزیزی ۔۔۔ کنیزن منز کری ژٔیٚے پتھ کنیزی

زِ دایہ یوسفن ییٚلہِ بوٗز پأغام ۔۔۔ دُتن تَس رُت جوابا یام تہٕ تام

سپدتم ییتھ فسونس منز ژٕ رہبر ۔۔۔ بہٕ چھُس پرزی پأٹھی ازنسلِ پیمبر

بسینہ سِر اسرافیل دارم ۔۔۔ بدائے دانائی از جبریل دارم

خداین چھُس بہٕ کوٗرمت افریدہ ۔۔۔ ولی تمی سُند غلامِ زر خریدہ

معاذ اللہ یہ کرلَس بوزٕ زاہ بو ۔۔۔ بدیٖں میل گناہس روزٕ زاہ بو

زِنا زادس چھُ آسَن بر زِنا لول ۔۔۔ پرُن گرٕژھِ لَس وُچھتھ لاحول لاحول

زلیخایے ژونزِ دوٗپ ایٖں ہوس دوٗر ۔۔۔ تھوٗن از دل تھوٗیس نہ زاہ تہِ منظور

بو بوزس نہ یہ زاہ، امید ترأوِن
غرض چھے سُے پتہٕ مقبول تھاوِن

گرٕژھِتھ دائے زلیخایے بہٕ یکبار ۔۔۔ کوٗرُن احوالِ یوسف سور اظہار

یہ بوزِتھ سوے زلیخا آیہ لارن — سو چشمو چشمہٕ چشمے خوٗن هارن

رنگا رنگ یوسفس گم زار وٕنی نس — بزاری مَطلبکی اطوار وٕنی نس

دۄپُن تس سر کرے قوربان ژے پادن — ژٕ چھُکنا خوابہ کُے میون ٹوٹھ آدن

ونے کوتاہ مے کیاہ چھُم چون هاوَس — لگے قوربان ژے اتھ حُسنس تہٕ ناوس

میے چونۍ لولہ خنجر توٗر دوبارہ — اوارہ مے مسأکر، میانہ یارہ

میے پیٹھ لُطفاہ تہٕ مہرا کرتہٕ ساتھا — دِتم مطلب گُراہ، آرام راتھا

دۄپُس تمی یوسفن چھُس بندٕ چونے — عزیزِ مِصر واتیم آغہٕ میونے

نمک کھیتھ شوٗ بہ نہ پھٹرٕن نمک دان — سُہ اتھ خانس کھیٚہ یُس آسہ ناداں

مے حکما کرتہٕ خدمتھ کأری ین پیٹھ — کرے از جان ودل کیا چأنی ----

رضا تھوٕی زلیس بہ تے وَنہِ میون دلدار — جزا وٕنی زیٖم توے وقتہٕ خبردار

دۄپُن ادِ یوسفس گُن، میانہِ ژوٗنزے — میے بخشے چھے حلال یمہٕ مأری منزے

بہٕ یوٚ دژیے پیٹھ حرام اُسس کنو بوز — کنیزن ستی میانیٖن باخوشی روز

یوسے ژیے خوش گژھی کر کامرأنی — تمن ستیٖن ژے چھے وقتِ جوانی

زلیخا گیہ یامتھ گرٕ پھیرتھ — سُہ دوہ گو وارٕ وارہ تام نیرتھ

سُہ یوسف اوس مقبول خداوند

زلیخا روز در زنجیرِ غم بند

چو شب آمد کنیزاہ آیہ پرٕتھ
نشے لتس یوسفس رخسار شیرتھ

بہ عشوہ و غمزہ دۄری ناز ہاوان
عروسانہ گیٛوان آواز تراوان

گراہاواں آسس چشمہ غمزہ
گرا لتس مطلٕبک ہاوان رمزہ

ہیوٚتکھ شیٖشہ اتھس کیٛتھ ہوٚہس روے
سمتھ کوٚرغل تموتس کُن بہر سوے

گرادوٚپہس یہِ وُچھ بازار حسنٕک
چھُ وقت اصل وصلک کیاہُ چھن چھک

گہے کوٗگل چو سنبل پتھ تھوَن لتس
گہے تھپھ دامنس گاہ بوسہٕ دِتی ہَس

سُہ یوسف تا سحرگاہ باخُدا مَست
دِتُن نہ دامنِ پاکی تمہ از دَست

کنیٖزن وعظہ پوٚر تمہ تا سحر گاہ
کریٖن در دہن تمہٕ یکبار آگاہ

بظأہر آسہٕ سارینٕے بُت پرستاں
پوٚرُکھ کلمۂ شہادت اونکھ ایماں

زلیخا آیہِ صُبحس ژایہِ درباغ
اندر سیٖنس تمِس اوس یوسُفن داغ

وچھن ژونٕز بگرداگرد یوسف
پیٔے تعلیم دین شاہ گرد یوسف

وچھن ژونٕز تمو زُنّار ژٕٹمت
دِلس منز نامِ اللہ یاد ر وٚٹمت

دوٚپُن اد یوسفس از گے سہٕ راضی
کرتھ راتھا ژونزن ستۍ عشق بأزی

کوٚرن اد یوسفس ہتن محبت
بوٚرس نہٕ تورٕ تمی کینہہ لتس تہِ الفت

بہ خانہ گیہِ پھیرتھ پوٚت زلیخا
غمس منز سوے ودن تتہِ اُس بیجا

ودَن تتہِ اُس کر یوسف مے مقبول
کوٚرم کوتاہ، میٖے وَصلس کوٚت لوٚگ طول

زلیخایے دوبارہ دایہ دیُت ناد — کر کھنا موج بیٚیہٕ از میون دل شاد
ژٕ زانکھ وُچھتہ پرژھ تس کمہِ لولہٕ — مَرے بو یوسفنہِ لولے تہٕ ہولہٕ
چھسے ژیٚنے سِر پٔژن سورے وَنن نوٚن — بِیے ان تن لیے یوسف ژٕ میٚیے گن
دوٚپُس تمہِ زورٕ تُل تس گن ژٕ رفتار — رَٹُن نالہٕ متے یوسف بہٕ یکبار
دوٚپُس تمہِ زاہ چھُنہ میٚیے نشہِ روزن — نہ زارٕ پارٕ چھُ سُہ میون بوزن
دوٚپُس دایے وَنے بوا کھ کتھا بیا کھ — یِون تِی چھُم مےٚ اندر فہم وادراک
ژٕ لد زیبا مکانا خاصہ خوش رنگ — کرو تتھ منز گل و صورژ رنگا رنگ
زٕ صورژ تتھ نباوو ستےٚ یکجا — مقابل یوسفس سٕتٕن زلیخا
وُچھی ییٚلہِ ہر طرف یوسف سو صورتھ — بلا شک سُے کرے ژیٚنے ستےٚ الفتھ
نِشے دایے ییٚلے تمہِ مصلحت بوٗز — زلیخا تتھ اندر راضی سیٹھاہ روٗز
دِتُن تس دایہ موہرو دیار بے حد — دوٚپُن تس خاصہٕ اکھ زیبا لُرا لد
تھون مقبول خرچُن مہرٕ نے زر — لُزن جایا سونس موکھتس برابر
کرتھ دایے تفحص کوٚرنہٕ پأدا — ہُنر ور کاری گر اکھ اُستادا
لوٚدُن گرٕ تیُتھ بنوو تمی اُستادَن — کرن تتھ پیٹھ خرچ تمی عقل ہن ہن
سِتم خانہ لوٚدُن تمی چرخ ہفتم — عقل تتھ کُن وُچھتھ حیران گژھن گُم
کرن ژتجہہ ستون تتھ منز زری کار — مُرصع از دُر و فیروزہ دیوار
بزیرِ ہر ستون آ ہوے از زر — منقش کوٚرنہ پرٕ از مُشکِ ادفر
کرٕین پوشہ تھرے جاناور وپرٕ — زمرّد پرٕ نباوکھ طوطہ از زر

کرِئن تتھ منز گُھٹین ہر سو بہر جا | بہتھ نکھ تل سٕہ یوسف با زلیخا
بیک جا یک دگر معشوق و عاشق | کرن تم اکھ اَکِس بوسہ موافق
تہٕ ڈیشتھ ڈیشہٕ وُن بیتاب گژھ ہے | زحیرت شین زن لتس آب گژھ ہے
غرض تتھ بنگلس منز اَسی یکجا | بہر سو ہر طرف یوسف زلیخا

ییٚلے عاشق بنی مقبول عاشق

بلا شک نیر نہ نوٚن ذوقِ عاشق

سپُن ییلہِ درٕ ست جلدی ہفت خانہٕ | دریں دُنیا چھنہ تیُتھ ہیو نشانہ
فرش ترووکھ اندر تتھ گونہ گونہ | حرپرِک رنگ برنگ از ہر نموٗنہ
تھوٚون تتھ ووتھ راٗوِتھ فرش زرّین | وُتھرنس فرش مخمل شاند بالین
قندیلن منز تھوٚوُن تمہِ شمع کافوٗر | سپن راتس دوہُل از کثرتِ نوٗر
یہ تتھ منز شوبہِ ہے لایق تہٕ زیبا | تھوٚوُن ہر جا میسر تہ مُہیّا
کوٚرن پانس لباسِ ناز دربر | گوٚنڈن گہنہ سونک بیٚیہِ لال وگوہر
سمبوٗلن پان تمہِ از سو رمٕہ ناز | قریبک یوسفس پیٹھ کوٚرنہٕ آغاز
وچھن اَپنہ سے گُن رنگِ رخسار | دپان اَس از انن پانس نشے یار
مُدا تمہِ ناد دتھ یوسف اوٚنن زوٗد | دوٚپُن لتس گژھ تہٕ از مے پیٹھ ژٕ خوشنود
سٕہ یوسف لتس نشے کھوٚت بے محابا | بہ بُرجِ ماہ زن پیوٚو آفتابا
زلیخایے گٔرن تھٕھ دامنس لتس | ژٕ لاگ از کونزٕ میانس گنج حسنس
مے لن از لطف واحسانچ نظر تراو | گُلن تہٕ سنمبلن میاغین ژٕ کرکزٕ او

ژٕ چھک مےٚ لوکچارٕ ک آدٕنک یار — بہٕ گٔرتھس صورتس پنٕنس گرفتار

بہٕ طِفلی خوابہٕ منزٕ ے نیٛوتھ مےٚ دِل — گیس دیوانہٕ کرتم حلِ مُشکل

یمے افسانہٕ وٕنی شیٖن کُٹھیٖن نیٛو ن — قفل دِتھ پرٕتھ برس، تمی یوسفن ژیٛو ن

تھوٕس نہٕ یوسفن مقبول عرضی

تمِس زاہ اوس نہٕ بُلکل سٕہ غرضے

بہفتم خانہ یامتھ واتہٕ نوٕن — کوٚرُن در بند، وُننس حالِ خود نوٚن

خزانہٕ سأری ژیٚنے پتھ راوٕ رأوم — پدر مادر تہِ چانی لولہ ترأوم

گیس بے چارٕ تہٕ آوارٕ ژیٚنے پتھ — یتھٕ پروانہٕ شمعس پیٹھ کران گتھ

سٕہ یوسف اوس پانس کُن وچھان تیز — زِہیم حق زلیخا فِتنہ انگیز

نظر کٔر یوسفن فرشس سراپا — وچھُن ییٚلہِ نقشِ یوسف با زلیخا

وچھُن در ہر طرف یوسف زلیخا — شوٚنگتھ زن ہر دو تن یکجا بہر جا

کوٚرن بُتھ آسمانس کُن بیکبار — خدایس ونٕہ ہا بو نالہٕ تہٕ زار

وچھُن تتھ تالہٕ وَس عاشق تہٕ معشوق — تہِ ڈیٛشتھ یوسفس در دل روٗدُن شوق

نظر سوے زلیخا تمی کرن تام

سپُن مشتاق بر روے دلارام

زلیخایے تتھے گیہ تازٕ اُمید — دوٚپُن از زوٗنہِ ماگرشد وصلِ خورشید

روٗدُن ادٕ یُوسفس دامن بزأری — وُنُن تس برونٹھ کنہِ فریاد زأری

دوا کرتم میے دأدِس ژٕے دوا چھک — ژٕ میانین حاجتن حاجت روا چھک

قسم تمی سُند ژٕ ے چھےٚ تیمی حسن خورشید
عطا کوٚ رمت، ووں کراز میأنی اُمید

دوٚپُس تمی یوسفن تس اے پریزاد
کتھا بوژٕنیےٚ وَنے سوے تھودِلس یاد

ژٕ یوٚ داز مےٚ خلاصی دکھ ٹکن زٕد
بجلدی پوٗر کر بو چون مقصود

دوٚپُس تمہِ چھےٚ نہ مےٚ ووٚنی تاب و
......( أتھرِ کھیوٚ مُت ) رَ ے

میے وَنتم چھک ژٕ کھوژن.........
کرے......(أتھرِ کھیوٚ مُت ) اوارہ

دوپُس تمی خوف چھُم مےٚ درقیامت
زنا کارن اندر یمہٕ در ندامت

دوٚوُم خوفِ عزیزِ مِصر پانس
سیٹھاہ چھُم واتناوِیم قاد خانس

دوٚپُس تمہِ غم عزیزٕن کیٚنہہ مَسا بر
دِمس پیالا تتھے مرِ سُے بہ بستر

تو میگوئی خدائے من رحیم است
ہمیشہ بر گنہہ گاراں کریم است

میے چانی خاطرے اکھ ہتھ خزانہ
کرِم برہم ژٕ ے کیُتھ گُتھ لوٚ دمےٚ پانہ

فدا کرٕ چانہ باپت ہتھ خزانہ
خدالیس رشوٕ اِدٕ بخشی سُہ پانہ

دوٚپُس تمی یوسفن مےٚ چھُمنہ منظور
عزیزٕ مِصر مارُن کر چھُ دستور

خدائے پاک رشوس پیٹھ چھُ بیزار
ونٕنی یژھ کتھ چھنہ تس کیٚنہہ سزاوار

ونن کینژھا ژٕ چھکھ برحیلہ سأزی
چھ بأزی پأنی پانس، عشق بأزی

معاذ اللہ بوزاہ بوزے نہ یتھ کار
ژٕ یوٚ دوَ ے دِکھ مےٚ رنگا رنگہٕ آزار

دوٚپُس تمہِ دامنس بوتھپھ تُلے نہ
بہانہٕ چأنی زاہ بوزے مُلے نہ

زباں کر بند مہٕ ون یژھ حیلہ کأری
مہٕ کر تاخیر کر وَصلچ تیأری

ژٕنے از پانہٕ یارو میون بوزکھ
بہٕ مارے ژٕنیےٚ پتے ووٚنی پان بے شکھ

عزیزِ مِصر ماری ژینہِ بے شک
سَموٗتی گوٗرِ بلہٕ اِڈ کس ژِ روشک

ژٕھنُن تامتھ اتھِ تمہِ زیرِ بِستر
کوٚڈن جلدی رٕٹتھ تمہِ تیز خنجر

ژٕنے بوزکھ نٔے از بو پان مارٕ
صبر چھُم نہٕ دٕزس بو لولہ نارٕ

ٹلن خنجر بقبضہ لایہِ پانس
رٹِس اتھِ یوسفن، خنجر ہیوٚتن تس

سپُن لاچارٕ تتھ جایے سُہ یوسف
غمس منز پیوٚ وسیٹھاہ اندر تاسُف

کوٚرس تمی یوسفن تس زارٕ پارٕ
مسأ کر ای زلیخا پان مار

بہ از مطلب کڈے چونے بلاشکھ
خوٚشی کر تراوسأ غم غوصہ تہٕ ژکھ

زلیخا خوش سپنٕز بوٗزِتھ یہ افساں
دپُن از یار میٚے پیٹھ گو مہربان

روٗدُن دربرسُہ یوسف اندر آں دم
وچھن کیاہ چھُکھ خزانس بر مُژرتم

سپُن دِل یوسُفن دیوانہ تس پیٹھ
ونَے خوفِ خدا اوسس بکسرت

زلیخا در تلاشِ وصلِ یوسف
ولی یوسف کرن تتھ منز توقُف

دوٚپُن تس ای زلیخا ژٕے عقلہِ رخصت
کوٚے کوٚرمت ژٕیے چھٔت کرتے فرصتھ

پیوٚٹھس پیٹھ گنڈ ژٕھنن ایزارٕ ڈورے
اندری کٔنز اوس یُوسف ژٕوٗرِ ژٕوٗرے

اکھا مُژرن بظاہر ........ باپتھ
زلیخایے وُچھتھ اٗسس گرٕھن ستھ

در آندم یوسفن نظراہ کرِن تیز
ہِچھن کونجس اندر پرداہ زر آمیز

زلیخایے دوٚپُن پردس اندر کُن
چھُ کیاہ وتم وٗنن تی گرٕھ مے نوٚنن

دوٚپُس تمہِ چھُم پوتل میونے خداوند
تھوٚوم پردس اندر کُرمس نظر بند

یہ ماوُچھ میأنی تبدیلی تہٕ بدکار
حَیا اٗمی سُند تیم سپنٕے شرمسار

تسُند ییٚلہِ یوٗسفن وُچھ ننگ و ناموس    دِتُن نالہ، کوٚرُن افسوٗس افسوٗس
ژھوٗژ کھیوٚ دأمس کنہٕ وِس خدایس    میے چھُم دانا و بینا کھوٗژ ناتس
پتھر تمی لام الف ترووٗں الف زن    تنزٔل گو خلاص از مکرِ آن زن
قفُل پیٚیہِ وٗسی أتی درواژِ گے وٗتھی    سُہ یوسف جانور زن گو ژٔلتھ تتی
زلیخاتس پتے لارے یہ خوٗں خار    رٔ وٹُن یوسف سرِ درواز یک بار
روٚٹُن تَس نال پٔتی کنی پیٚیہِ برخاک    کوٚرُن افسوس واویلا تجُن باک
ژوٚلُم آب حیاتک چشمہ ہے ہات    گٔیم گاشس گٹہ نوٗرس سے ظلمات

مے رووُم مال و دولت مُژتہٕ بیہِ موٗل
پتو تس گو ژٔلتھ أخر سُہ مقبول

عزیز مصر پیدا گو تہٕ بوٗزتھ    غلامن نِش پرژھُن اِستادِ روٗزتھ
پرژھُن نشہِ نوکرن امہِ چی حقیقت    وٗنو پوٚزمے چھُ کیاہ فتنہ چھےٚ کیاہ کتھ
عزیزن ژون یوسف سیتی پانس    بہ خوش خویی کرتھ تھپھ محل خانس
زلیخایے بخأطر گو گمانہ    عزیزس یوٗسفن وٚنمت چھُ پانہ
دوٚپُن تامتھ عزیزس زار بوزم    دِتُم مے یوٗسفن آزار، بوزم
بہ درخلوت تیتھے ژالیس شوٚنجس یام    تنِ تنہا تتھے یوسف مے نِش آم
غرض تس اوس از باغس پھرَس بو    گُلن تہٕ سُمبلن غارت کرس بو
گرتھ تھپھ دامنس میأنس بیک بار    کریاین حیلہ واراہ، آس نہ وار

گٕیس تامتھ بو خابے نِشہ بیدار
رٕوٗزم درواز اندر چُست و چالاک
وُچھس چھُس چاک، بر دامن نشاناہ
عدل کرسأ عدل مارے ننتہٕ پان
وزیرن بوٗز یلہِ سأرسےٕ حقیقتھ
ژٕے پیٹھ مے راورِم دٕوصد خزانہ
غلام أسِتھ تِتھے فرزند کوٚرمکھ
یہ کرِزٕ ہی کوٚرتھ کیاہ یژھ بدی ژٕیے
نمک کھیتھ پھٔر ووتھ ژٕیے نمک دان
عرض کوٚر یوسفن تامتھ عزیزس
زلیخا چھے اپُز سوٗرے ونن، بوز
یہے وُچھنس تتے ووتس کرن گتھ
وُچھن مے کُن زلیخا أس یامتھ
کریانم واریاہ دامانہٕ گیری
میے أسِم رنگہٕ رنگہٕ چأنی احسان
وُچھتھ غربت پٔنٔنی بوتن تنہا
فلانی قأصدن دوٚپنم کران یاد
عرض کوٚرمس مے کیا چھُم حُکمِ خدمتھ

ژٕلِتھ گو ژوٚر زنان تامتھ یہِ بے عار
ژھیوٗنس دامن، مے ژٕتمس دامنس چاک
پتے نوٚن دژاو ژٕیے نِش بدگماناہ
ژٕنے وُنی سوزِ ہن یوسف بزندان
پرژھُن تس یوسفس گٔرنس ملامتھ

..........أتھرِ کھیوٚمت..........

زٕرُک مالکھ گرُک دل بند کوٚرمکھ
وُچھتھ نہ برونٹھ پتھ یژأمدی ژٕیے
خدایس کوٚنہٕ کھوژکھ کوٚرتھٕ عصیان
وَنے بو پوٚز ولیکن وات دادس
اپُز أمی سُند چھُ واراہ نارِ جاں سوز
اوٚتھ تام بوٗزمَسنہ زاہ اسنز کتھ
وَتِن بو چشمہ اوسس پانہٕ تامتھ
مے زاہ بوٗزم نہ أمی سنز یژھ دلیری
دِلس منز یاد پیٹھ بو چھُس ثنا خوان
ودن اوسس گُنجس منز درفلاں جا
زلیخا چھے ژٕیے واتُس کیا سنا ناد
بجان و دل بہ کرِ تی لارِ تتھ پیٹھ

بافسوں ہائے شیرین ستۍ پانس ‏— بہ اوٗن نس واتہٕ نو ونس یتھ مکانس

دِوانہٕ وار روٗٹنس'' میون حاجتھ ‏— رواکرٕوٗنی نتے واتی ژٔیے مُحنتھ''

یہ وُنمے پوٗز ژھُتی چھس بے گوناہ بو ‏— زِ مکرِ زن پناہ اوسس منگاں بو

اگر حق میون بوزکھ حق چھُ ظأہر ‏— وگر ناحق امارٕک چھک ژٕ قادر

زلیخایے تہٕ بوٗزتھ کوٗر نہٕ اظہار ‏— عزیزس نشہ خزینگ نالہ تہٕ زار

خطا کیٚنہہ چھم نہٕ، چھم سوگند چونے ‏— اپُز وٗن یوسفن پوٗز زان میونے

قسم تہٕ گرِی یہ اٚمی سندی وُچھ عزیزن ‏— پزٕ یکٔ دفتر وٕوٗٹن اپزِس تھوٗن کن

عزیزن چو بدارس کوٗر نہٕ فرمان ‏— رٹُن یوسف بزاٚری ژن بزندان

کرِس تھپھ چوبدرن وٗتھ سٕہ ہمراہ ‏— دعا موٗنگ یوسفن تامتھ بدرگاہ

الأہی کر پزِس میأنس گوأہی ‏— ژٕ چھک دانا شُہی ژٔینے پادشأہی

قبولی یوسفسؑ تھو ذاتِ پاکن ‏— خدا چھے ستر کرٕوٗن شرمناکن

دپَن تتھ مجلسے منز کارِ دانا ‏— بہتھِ اٚس اکھ زنانا با زلیخا

کو چھے لَس اوس نچواہ شیر خوارہ ‏— رچھن سوے اٚس لَس پننے امارٕ

ریٚتن ترٚیٚن ہُند، خدائن دِژ زبان لَس ‏— گوأہی یوسفٕنی دِژ تمی عزیزس

بلاشک چھے یہ یوسف پاک داماں ‏— چھُ دعوائے زلیخا کذب وٕ بہتاں

وچھس ہٕر دامنس پٔتی کنی چھمالس ‏— گرٕ ھکھ واقف سِرس زانکھ گناہ کس

اگر ہٕر بروٚنٹھ کنی آسیٚس بدامان ‏— خطا بے شک ژٕ اِدلس یوسفس زان

عزیزن یوسفس پٔتی کنی وچھن چاک ‏— دوٗپُن بے شک چھُ یوسف از گناہ پاک

زلیخاۓ ملامتھ تمی کٔرن یٔژ — تہٕ بوٗزتھ تس زلیخایے سپٕنی میٔژ

شُرس نِشہ ییٚلی گوٚاہی وُچھ عزیٖزن — بہ حیرت وارِ تس کُن تھوو تمی کَن

عزیٖز از مکرِ زن گو دِل پریشاں — گیکھ عِبری غلامس پتھ ژِ حأراں

ژٕ استغفار پر درجاے خلوت — تھوٚنی پانس تہٕ میٚے کٔرِ یژ خجالت

دوٚپُن ادِ یوسفس ژٕتہِ روز خاموش — پُتم پتھ گو، مگر احسان فراموش

بو گوسے رأضی از بر پاکِیے تو — سپُن خوش دل مےٚ بر چالاکیِے تو

عزیٖز از خانہٕ گو تامتھ نیٖبر کُن — یہ قصہٕ عالمس مشہور سپُن

زِ مکرِ زن عزیٖزن حال وُچھ سأ — تِتھس تس یوسفس احوال وُچھ سأ

خدایا رچھتہ مقبولؔس ازیں کار

بہ مکرِ زن مسأ کرتم گرفتار

زنانو مِصرِ چو غأبتھ کرکھ تس — رنگارنگ عأب کٔڈ اہ پامہٕ دِژہس

زلیخاۓ وچھن نہٕ ننگ و ناموس — سپٕنی بدنامِ عالم، روٗم تارٕوس

سپٕنی دیوانہ پتہٕ پتہٕ تس غلامس — کرِن خأری وُچھن نہ ننگ و ناموس

بہ چھس لارن پتے تہٕ سُے ژلن پتھ — کرن پروانہٕ زن اندی اندی تمس گتھ

زلیخاۓ تہ بوٗزتھ دل پریشان — کوٚرن پنہٕ نِس غلامس کُن یہ فرمان

بجلدی جشنِ نغمہ ناز کری تو — زنانن مِصرِچن آواز کری تو

کوٚرکھ جشناہ بجلدی خُسروانہ — انیکھ سالس سُمتھ مِصرچہ زنانہ

انیکھ تتھ منز رنگارنگ خوان و نعمتھ — چھنہ وُچھمٕژ زنانو زاہ پتہٕ وتھ

بخدمت ایستادہ ژونٛژ آسہٕ — غلام أسی یٚتھ اتھن زرین کاسہٕ

وٕچھک جشناہ، کھیٚکھ نعمژ تہٕ گےٚ شاد — زلیخایے تمو کوٚر آفرین باد

ترٛژھے سپدے تمن پیٚٹھ آفرین خواں — کرِن حاضر تمن نِش میوٕ کی خان

زنانن پرٛتھ أکِس اکھ اکھ قلمتراش — دِژن، دوٚپنکھ کھیٚیو میون کرِو کاش

عرض کوٚرنکھ، دِیو نا میٚے اجازتھ — وُچھوتھی یوسفس موے سوتیٚمس پتھ

تمو دوٚپ ہَس اسہِ تی آرزو چھے — دِلس منز یوسفُن اسہِ ڈیشہ ہون سِے

سُہ ییٚلہِ ییہِ تیٚلی کیٚتھ سِے قلمتراش — تُلوتس روبرو ژوٹین کرو کاش

زلیخاے دوپُن دایے ژ گژھ زوٗد — اَنِن یوسف چھُ تی از میوٗن مقصوٗد

سو ییٚلہِ گےٚ انہِ تتے یمہ آسہٕ پاران — زلیخا یوسفس نش گیہ لاران

وٕنن زأری اونن سُہ ستی پانس — زرو زیور لباسا رُت گوٚنڈن تَس

بہ عنبر گیسوانن شانہٕ کوٚرنس — عبیر و عطرِ ستن پان بوٚرنس

کلس پیٚٹھ تاج تھوٚونس جوہرن ہُند — کمر بند بر کمر گوٚنڈنس سونہ سُند

وٕوٗلن تس پأر چاہ مِصرُک پُراز زر — کھورن نعلین زرین پُر زِ جوہر

سونٛچ افتابہ طش از نقرۂ خام — دِژن تس یوسفس اتھِ یام تہٕ تام

حکم کوٚرنس اتھہِ چھل سأے زنانن — قدر از پانہ حُسنک چون زانن

زنانن نِشہ یامتھ ژاو یوسف — گیہٕ حأراں زنانے در تأسف

وٕچھکھ زن آفتاباہ ژاو تاباں — زنانے گیہ ستارے زن پریشان

وُچھتھ تس کُن گیئے بِ حس بیٚیہِ مست — بدلہٕ میوٗن ژٹکھ پانے پنٛنی دست

تۆ پتہٕ آیہ ہوشس تُج تمو باکھ کوٗرُکھ حاشا یہ انساں چھنہ از خاک

چھُ وۆتھمُت آسمانہٕ زن فِرشتہ نتہٕ درامُت فِرشتاہ از بہشتہ

زلیخایے دۆپکھ وُچھتون وارہ بہٕ پامن لاجوٗس یتھ کیاہ چھُ چارہ

زنانو واریاہو اندرٕ آ ں دم تمو پیٹھ یوسفس کوٗر جاں برہم

گیہ حاراں کیٚنہہ دیوانہ کیٚنہہ مست پیٚیہ برخاک ہوشے نش چھلِکھ دست

عمر راٚوم اٚمس پتھ میٚے کراں گتھ مُلے اٚمی زاہ تہٕ کربوٗز میاٚنی اکھ کتھ

اگر وونی لاگہِ میٚے ستین یہِ یاری وَندس زُو تہٕ کرس گوہر نثاری

اگر بوزیمنہٕ لاگن قاد خانس لگیس تتہِ عُمر محنت خاصہٕ پانس

زنانوتس دوپکھ کیٚنہہ چھی نہٕ تقصیر چھُ یوسف عاشقن کیُتھ عشقہٕ زنجیر

تۆ پتہٕ یوسفس کُن پھیرُ تمو روے نصیحت کُر تموتس ای ہِنکو خوے

زلیخا ژیٚنے پتہٕ گے خارتہ زار کرُس حاجتھ روا چھے نا یوان عار

ژتھوتس زارٕ پارس اٚمی سندس گوش مہ کر ای سُند حق خدمت فراموش

حَزر کر واتہٕ ناوی قادخانس ظُلم واتی سیٹھا تتھ منز ژیٚے پانس

زنانن ہُند بیٚلے بوٗزن یہِ مقصوٗد دعا موٚنگ یوسفن ادٕ سوئے معبود

میے بہتر قادخانہ چھم نہٕ عُصیاں

دعا مقبول کوٗر ہس پیو بزنداں

عزیزِ مِصر دوبارٕ بیٚلے آو زلیخایے نِشے خلوت سرا ژاو

عزیزس کُن دۆپُن تامتھ "بہٕ پامن اُجس ناحق یہِ اندر خاص و عامن

صلاح چھے میون یوسف قأدخانس
ژھٕنن سأ گژھ تی روشن جہانس

بہ خأری ییلہِ نہن یوسف بزنداں
دپن سأری اِد میون پاک داماں"

عزیزن فکر و اندیشہ کوٚرس دوٗر
دوٚپُن تَس گژھ کرُس تی میٚنہٕ چھ منظور

زلیخایے ییلے رخصت عزیزس
ہیوٚتن، اِد یوسفس نِشہ آیہ صبحس

دوٚپُن تس پھٕک ژٕ میونے زوٗتہٕ بیٚیہٕ جان
کڈُم مطلب گیس ژینے پتھ بہ حأران

ژٕنے بوزکھ ژٕھنتھ بو قأدخانس
عذابس پیٚیکھ ذرا وونی کھوژ جانس

جوابا یوسفن تس صاف وٚون نَس
زلیخایے تتہِ بۄزتھ خفہٕ اوٚن نس

بہ غصہ دوٚپنہ پیادس تاج از سر
پَتھر واٗلس مُژٕرتس جامہٕ زیور

مُژٕرہس جامہ زیور نازنین ہیتھ
ژھٕنٕکھ تس نالی نمدا دل حزین ہیتھ

اوٚنکھ پھیرتھ منأدی دِژکھ شہرس
دِہا زن ماتمُک گو شہرِ مِصرس

اتھن رز تَس بگردن طوق و زنجیر
کوٚرُکھ تس اوس رأضی سُے بہ تقدیر

وچھن آے شہرِ مصرکی لُکھ تماشا
پرژھن تِم آسی حاشا ثُم حاشا

یہ نیکو کار کر کرِ کار زِشتی
فرشتا آسہِ یا مردِ بہشتی

تتھے پأٹھین سہ یوسف قأدخانس
بہ خأری واتہٕ نوٗکھ تتھ مکانس

سپٕنی بے زان قدیشن زان پیدا
گیے دیوانہٕ تس پیٹھ جُملہ شیدا

زلیخایے تتھے ژرأیلس لژن شیچھ
بہ خوش خوئی ژٕ میانس یوسفس رَچھ

جُدا اکھ حُجر تس کیتھ کر مُعطر
دوٚتھر از بافتُک تتھ منز ژٕ بستر

سہ یوسف تتھ کُٹھس منز درعبادت
سپُن مشغول بل گل در ریاضت

بہن وٗری ئین سُہ اندر قأدخانس چھُ فرماوان خداتی منز قُرآنس

سُہ مقبول خُدا صبرس اندر روٗد

بہ زِنداں درعبادت سوے معبود

سُہ یوسف اوس چوں گلزار چوں گُل وَدن تس پتھ زلیخا ہمچو بُلبل

فراقہ تمی سندے از صبح تا شام دِوان نالہٕ وَدن برطاق بربام

وَدن واراہ لدن سوے خاک برسر یہ کیاہ کوٗر مےٚ زِتھوٗم قید دلبر

بہ ناخن کوٗرنہٕ پانس نیلگوں رنگ زِلن رویس کڈن مویس دِون چرنگ

پھٔرس بو پأنٕی پانس میے کوٗرم کیاہ أچھن ہُند گاش رووم کس لوٗ دُم راہ

رٹن أس پیراہن یوسف سو دربر ژھٹن أس زن أچھوتراواں سو گوہر

قدر تمہِ زأنٕی از دیدار نعمت گُلس آسان أندری چھے نار زحمت

پشیماں گیہ لیکن دژاس مقصود بغیر از صبر کینْہہ زیونن نہٕ مقصود

کوٗرُس دایے دلاسا روز خاموش بہ ظأہر عشق کر گژھ ہس فراموش

سو مشغول أس مقبولس بہردم

بسینہ یوسفُن ہیتھ غم تہٕ ماتم

شبہہ اکہِ درغمِ یوسف پریشاں زلیخا أس تراواں نالہٕ افغاں

خبر ہیمہٕ ہا گژھتھ تس یوسفس بو بہ تنہا دوٗرِ روزتھ ڈیشہ ہن ہو

تِمس کمی آسہِ از فرشس وتھرمُت نشہِ تس کار خدمت ذِمہ ہیوٗ تمُت

تمس آسیا سنا مویس تتھے رنگ حلب أپنہ رویس پیٚٹھ ما زنگ

تِتھے پأٹھین وَدن گو رأژ پہرا دٗوپُن دایے مے پیٹھ از کرتہ مہرا
یِتم ہِستن گرٕھو أسی تا بہ زِندان وچھون أسی شاہِ یوسف ماہِ تابان
کھٔتِتھ روزو وُنجس منز ژٔور رِژٔور ے وُچھو دیدار یوسف دٔور دٔورے
گٔیہ تس دادے ہِستن روٗز پنہاں اوٗنُن دایے رٔٹتھ تام میرِ زنداں
زلیخایے حُکم کوٗرنس مُژر بر وچھُن بو ژٔور ژٔورے دٔورِ دلبر
مُژرنس طاق ڈینٔوٹھن وارِ از دٔور وچھُن خورشید زن از حُجرۂ نور
وچھُن پیٹھ بسترس سجدِ دِوِن سُے دُعا ذاتس منگن، راتس رِون سُے
پرٕن تسبیح کرٕن سُے توبہ تقصیر أچھو موکھتہ ہرن راضی یہ تقدیر
زلیخائے وُچھتھ درنالۂ و زار کھیوٗن افسوس اندری کیاہ کوٗرم کار
زلیخائے وَدن گیہ راتھ نیرتھ صبح ہِتین دمپدہ آیہِ پھیرتھ
تِتھے پأٹھین بہ تنہا توٗت یوان أس وچھٕت تس یوسفس واراہ رِوان أس
زلیخا أس ڈیشِن نورِ انوار غذا تس یوسُفن بس اوس دیدار

زلیخا تَس پتہ آسان مشغول
حقس راضی وِنن روٗزتھ سُہ مقبول

کنیرا یوسفس نِش أس سوزاں نشہِ تس یوسفس احوال بوزاں
گرٕھن سوے أس یتھ تس خوانِ نعمت پرٕژھن أسس زلیخا یوسفٕنی کتھ
بہِ ما تمٔی یاد کرٕنس شاد کرتم ژٔلیم غم غمہ نِشہِ آزاد کرتم
کرن أس بوسہِ سوے تس ژونٕزِ چشمن یمو چشمو چھٕھن یوسف ڈیشِن

کھٔسِتھ بامس دِون نظراہ بزندان    کرن ساٲرِس دُہس تتہٕ نالہ افغان

کرن آس سو کنیزن زارٕ پارٕ    دِپن اٚسکھ دٕزِس بو لولہ نارٕ

دوہہ اکہ گوس خفہ اٚری نہ رنگ زن    سپنٕز تصویرِ یوسف خونہٕ قطرن

بہ عشقِ یوسف اوسس ہر رگ و پوس    نیٚبری کنٕز ......... از پوس، جُز دوس

خودی ترٲوِتھ خودی نِش دوٗر پیمٕژ    سو اندرٕ بندِ یوسف اٚس گامٕژ

خودی مقبوٗلہ ژھٔن ترٲوِتھ برِوٗں آیے

بدولت خانۂ وحدت بنہ پایے

سہٕ یوسف قاٗدخانس منز شُبن کیاہ    تِتھے یِتھٕ اوس در لشکر شُبن شاہ

اگر قِدیا بہ بیماری ڈلن اوس    دُعا یوسف کرن تس، سہٕ بلن اوس

دِپن خابن سہٕ قِدیٚن اوس تأبیر    بجلدی نٔی گژھن اٚسکھ تتہِ تأثیرٕ

دہہ اکہِ بادشاہن قاٗدخانس    زٕ زٔنی ترٲوِن تمو اٚسس ٹاٹھی پانس

تموٗ شخصو دوٗ یک شب وچھک خاب    سپنٕز بیدار ییٚلہِ تمو گیہ بے تاب

تمو پرٕژھ یوسفس تابیرائین خاب    وٚونُکھ تأبیر تمی ییٚلہِ پیٚیہ بکر داب

اکس دوٚپ یوسفن مرگس سزاوار    بیٚیس تمی دوٚپ گژھک صُحبس سرفرار

سہٕ اکھ زوٚن بادشاہن مارٕنوٗون    دوٚیم زوٚن مندس پیٚٹھ کھارٕنوون

دوٚپس تمی یوسفن ییٚلہِ نشہِ شاہس    ہہکھ ییٚلہِ یاد کری زیٚم بے گناہس

دوٚپتھ تس اکھ غریباہ بے گوناہی    چھُ لوٗگمت قاٗد در عدلِ تو شاہی

وصیت یوسفن گرٕنس بہ یکبار    بہن ورییٚن ییٚلے سپنیوٚ وسہٕ سردار

## تسلی یوسفن لوب جز خُدا یار
## چھُنہ کانہہ سُے چھُ مقبولس خریدار

شبے اکہِ خاب وُچھ تمی شاہ مصرن
موچے ستھ گادلاغر ستھ گرٛھن زن

گرٛ وگاوو موچے ست کھیٚیہِ یکجا
کھیوٚن وُچھ بادشاہن گو بہ بیجا

توے پتہٕ آیہ ستھ ہیلی سبز بربار
تمن پتہ آیہ ستھ ہیلی خوشک یکبار

تمو خوشکو تمے ستھ سبز ہیلی کھییٚ
خوشک سپدتھ پتھر تم گاسہٕ زن پییٚ

سپُن بیدار شہہ از خاب تقدیر
وزیرن کُن دوٚپُن یتھ کیاہ چھُ تعبیر

سپنی حاران توٚگُکھ نہ کینہہ تہِ معنی
دوٚپکھ تعبیر امہِ کُے کانہہ نہٕ زانی

درآں دم تس جواں مرداہ نشے آو
ہیوٚتن نشہِ بادشاہس یوسفن ناو

جوانا بے گوناہ درقادخانہ
چھُ بیومُت سُے وَنی خابک نشانہ

بحکم شاہ سُے گو یوسفس کُن
وٚنُن سُلطانہ سُندتس خاب تمی نوٚن

وٚنُن تَس یوسفس تعبیر ہن ہن
جواباہ دیُت تمِس کُن وارٕ تھوٚکُن

اول سو چھ آسہِ واراہ تابہ ہفت سال
جمع گرٛھ عام وخاصن غلہٕ تہٕ مال

ستن وٚریین توٚ پتہٕ دراگ روزے
نہ اَسمانٕے خدا باراں سوزے

نہ سبزی از زمین توت تام نیرے
نہ جاری آب نے سالاب پھیرے

کرن عاجز سوال آسن دپَن تاں
ژلن آسکھ تمن نیرتھ تتھے جاں

یہ قصہٕ تمی جواں مردن سراسر
وٚنن شاہس نشےِ روٚزتھ برابر

دوٚپُس شاہن مے نِش انتن سہ دانا
چھُ بر ظاہر تہٕ بر باطن سہ بنیا

سَہ ییلہِ گو یوسفس نِش گرنہِ زأری
گرٕھن موٗکلنٕی مے ستی قِدی سأری

زنانن مِصرچن حأضِر کرِن شاہ
شہادتھ تمِ وَنن میٚے چھُمنہ کینہہ راہ

گرٕھن شاہس نشے میٲنٕی عأب روٗشن
بہ خأین اوسہِ ساکنہٕ پاک دامن

جواں مردن یہ شاہس وٗن گرٕھت یام
زنانے مِصرچے حأضِر کریکھ تام

پرژھک شاہن وٕنوگس پیٹھ چھُ تقصیر
سَہ کمی کوٚر قأد کرِنس غُل تہٕ زنجیر

زنانو گر گوأہی اے شہنشاہ
چھُ یوسف پاک بے شک چھُس نہٕ کانہہ راہ

زلیخا آیہ تتھی منز ترٛوو تمہِ آہ
خطا میٚے چھُم چھُنہ تس یوسفس راہ

گوناہ بخشم چھُ میٚے تقصیر ہن ہن
چھُ یوسف پاک بے شکھ پاک دامن

دراں مجلس پرژھک، وَوتھ شور و غوغا
چھُ یوسف پاک از عشقِ زلیخا

چھُ آیہ درقراں چھُ قصص الحق
تمی ستی یوسفن لوٚب نوٚت رونق

تہٕ بوٗزتھ شاہ مِصرن آفریں باد
کوٚرن پیٹھ یوسفس صُبحس کوٚرن یاد

چھہل خانہٕ منزٕ مقبول سأپُن

خلعت برتن وٕلتھ کوٚڈ صاحبن نوٚن

دو رویہ لشکرِ شاہ ایستادہ
سوارے اَسی کینہہ، کینہہ اَسی پیادہ

ترُم وایاں ترُمُجی گے ہزاراں
طبل ہیٚتھ سایہٕ بدی اُشتر سواراں

گُرا تس یوسفس کیٚتھ خسروانہ
کوٚرُکھ رأہی بیہِ خلعتِ شہانہ

ژھنِکھ اتھِ قأدخانکی قِدی سأری
لوٚدُکھ یوسف گرِس ترأوکھ سوأری

امی قونونہٕ یوسف اونکھ تورٕ
باستقبال شاہ تس دراو یورٕ

رۄٹن دربر ژہ یوسف گیہ رأہی    ہیوٚتُن پانس نِشے بر تختِ شأہی
کرِکھ باہم دگر شیریں زبأنی    کرِس شاہن سیٹھاہ تس مہربأنی
پرژھُس تعبیر خابک پانہ شاہن    وۄنُس تعبیر تمی، پیٚو لرزٕ برتن
منأدی ہر طرف گرٕ شاہِ مِصرن    وۄدُن گرٕژھ بیول واراہ گامہٕ شہرن
ستن وری ین غلہٕ یِژ آسہِ ارزاں    گرٕژھن از غلہ پُرٕ صحراتہٕ مأداں
ستن وری ین توے پتہ والہِ نہ رۄد    وۄدتھی اِدٕ دژاگ غلہ آسہِ نہ بۄد
ہماں دم یوٚسفس بیدار گو بخت    بخُش نس شاہِ مِصرن تاج تہٕ تخت
ژہ یوسف حُکمِ خود جأری کرِتھ گو    تتھے اِدٕ بادشاہ مِصرُک مرتھ گو
عزیزس تس وۄچھت ہیوٚتنہٕ دِلس سوز    مرِتھ گو أتھی اندر ژٕے موٚختصر بوز
اقبال دولت ..........    زلیخاۓ مژر وۄتھ یوسفس، پتھ

وتے پیٹھ دژایہ یارس أس پراراں
پیٚن سے آدنک مقبولؔ ژھارن

زلیخایے لۄزن پھرا سرِ راہ    وۄدن تتھ منز کرن افسوس تے آہ
زلیخا ییلہٕ کرن أس گریہ آغاز    تلُن تس ستی سأری بندٕ آواز
شبے اکہِ تمی پوٚتل سے بروٚنٹھ کُن اوٚن    کریٚن تس گراوٕ وۄنُس حال خود نوٚن
ژٕ اوسکھ میون قبلہ، میون معبۄد    ژٕٔے رِنش کردراو مطلب گنہِ تہٕ مقصۄد
ژہِ کئیو چھکھ ژٕٔے انیو چھے پتہ وَتھ    گیس نادان ژٕیٚنے پتھ راوٕ رٕم وَتھ

اتھس کیٛتھ ٹُلنہٕ تامتھ سنگِ خارا — پوٚتُل پھٹرِن، کرِن تتھ پارٕ پارہ
کوٚرن توبہ بدرگاہِ الٰہی — بخشتم گرمہٕ حاصِل روسیاہی
اجابتھ تھوٚسہٕ حضرتِ ذاتِ پاکن — خدا چھے رحم کرٕوُن دردناکن
یہ نیوٚتھم تی دِتم پھیرتھ دوبارٕ — گیٛس لاچارٕ کر سأے میون چارٕ
سُہ یوُسف تام لشکر ہیٛتھ نیٛبر دراو — زلیخا عابداہ ہیٛتھ، تس برونٹھ کُن آو
جِلو رٹنس ٹُلن آہ از جگر زار — شہن اتھ ستی ہیوٚت نس تازٕنس نار
زلیخایے ٹُلن فریاد واراہ — مے دادس وات لہٰذا ای شہنشاہ
تسنٕز درٕ ے چھے دیتے یمی تخت تہٕ تاج — مے عرضس گوش تھوٚتم چھس بہ محتاج
تہٕ بوٚزتھ یوسفن دوٚپ تس نوکرس کن — یہ فریادی مے نِش گژھ واتہٕ ناوُن
بہ خلوت خانہٕ من ژٕ أنی زیٛن — حوالہ چھے یہ توٚت تامتھ یہ رچھی زیٛن
سُہ یوسف ووت ییٚلہِ پھیرتھ بہ خانہ — زلیخا ہیٛتھ سُہ نوکر گوس پانہ
عرض کوٚرنس...... أتھرِ کھیٚومُت ) — جِلو ییٚمہٕ روٚٹنہٕ سوٕ یے گاٹہٕ چھے ابتر
دوٚپُس تمی یوسفن اتِتن باخلاص — نیٚن جلدی بخلوت خانہٕ خاص
پرٕژھس تمی ونتہٕ چھے کیاہ عرض واحوال — دوٚپُس تمی چھس زلیخاوٕ چھتہٕ سأ حال
ژٕ یے پتھ مال و خزانہ سور تروٚم — جوانی تے أچھن ہُند گاش روٚوُم
دوٚپُس تمی منگ تہٕ حاجتھ کیاہ چھ چونے — دوٚپس تمہِ گاش، صورت تہٕ جوأنی
دوٚپس تمی ونتہٕ ییٚہِ کتھ چھکھ ژٕ خورسند — دوٚپُس تمہِ مے گوٚژھکھ آسن ژٕ خاوند
تتھے جبریل حاضر گوس پیدا — ''خداین پوٚر نکاح ژٕ یے با زلیخا

نکاح بر عرش پۆر رہے با زلیخا"
"ژٕ کر ظاہر نکاح در خلق دُنیا

دعا تھٕنزٕ ے کۆرکھ از وارٕ مقبول
ژٕ کر و وٕنی تہٕ یہ در دُنیا چھُ معمول

سپُن ییلیٖ یوسفس امرِ خدا وند
ژٕ کر سا با زلیخا عقد پیوند

تماشا خاصہ لوٗگن خسروانہ
تمن بخشش دژن اد پأنی پانہ

کۆرُکھ عقد نکاح بردہِن یعقوبؑ
بۆرُکھ خلقو تمن پیٹھ لول تہٕ لۆب

چھکن موہرے تمن پیٹھ اَسی سردار
سپنی خوش میلہ از یارس پٔنن یار

سپنی تم عاشق و معشوق درخاب
تمن پیوٚ و عشقہِ نارس وَصلکۍ آب

زلیخا لارٕوِنی پتہ اَس تس پیٹھ
تتھے یوسف کرن گژھ اوس تس پیٹھ

لدٕن تس کیٚتھ گرہ خاصہ سونہ سُند
مرصع کار سُے پُر جوہرن ہُند

زلیخاے خوشی سپنیہِ سرانجام
چھہل سالہ عُمر وأتس بہ اتمام

شبے اکہ یوسفن تھوٚو سر بہ محراب
پدر تہٕ بێیہِ مادر وُچھنہ درخاب

تمو بایو کۆرُکھ کیاہ یوسفس پتھ
تمن پیٹھ چارٕ کرتم بوز سأ کتھ

دلیلا بوز سأ از عأنِ تعصیر
چھ تقدیرِ خدا غأب بہ تقدیر

ونے تمی سنز بہ باین ہنز مثالا
چھُ فرماواں بہ قرآن حق تعالےٰ

نفاسیرن اندر ژٕ ے وُچھ زِ معنی
عبارت وُچھی زِ تفسیرِ حسینی

جمع کۆر یوسفن غلّہ بہ بیکبار
ستن وٕریٖن اندر انبار انبار

..........أتھرِ کھیوٚمُت)......
غلس تھٕندس کیمُو کیٚنہہ کۆر نہ نقصان

ستن وٕری یو پتے وژھ قحط سألی
سپنی ظاہر نشانِ لاوُبالی

سُہ یوسف اوس در انصاف حیران | غریبن تہٕ گداہن گو دِوان نان

تمی دراگہٕ پتھرٕ پیٚے خاص تہٕ عام | بشہرِ مصر دٕ کنعان در شام

سمِتھ گیہ شہرِ مصر کُن لۆکھ سأری | کرکھ تس یوسفس فریاد زأری

دِتِھ تمی غلہٕ مُلی درسال اوّل | نقد دیارن کۆڈ کھ وٗری یاہ مکمّل

کُنِتھ درسال دوٗوم گہنہٕ تہٕ رخت | ہیٚوتِتھ مُلی غلہ تس نش گوسیٹھا سخت

غلام و ژونٛزٕ، کُنِتھ درسوم سال | ہیٚوتِتھ غلہ تہٕ از سخت احوال

کُنِتھ درسال چہارم چار پاتس | ہیٚوتِتھ غلہٕ تمو مُلی أسی تم یَس

بہ پنجم سال باغ و خانہٕ سأری | کُنِتھ وٗری یاہ کۆڈ کھ درغم بخأری

کُنِتھ اِد شیٚیمہِ وری یے شُری تہٕ فرزند | کۆڈ کھ وٗری یاہ عمس اندر اند وند

بہ ہفتم سال سیٚپنے جمع سأری | تُجکھ تس یوسفس نِش نالہ زأری

جمع ییٚلہٕ پیش یوسف گے تمامی | دِتِھ تَس کُن لیکِھتھ خطِ غلامی

کُرِن آزاد سأری ستیٚ ہیٚتھ مال | غلام و ژونٛزٕ فرزنداں درآں حال

چھُ لیو کھمُت ییتھ اندریٖ أس حکمت | لکو وُچھ توطہٕ نظرے یوسفس پتھ

ہشر تھوٚہس تمو با بندٕ گاں تس | توَے تیِتھ حال سپنیو شہرِ مصرس

خدا مقبول دانا چھُے بہ نیّت
ژٕ کر پانس عمل کرنچ نصیحت

غرض کۆر عرض یعقوبس شُر یو یام | گژھو مصرس کرو غلہٕ کے سرانجام

دپان مصرس چھِ عاَدِل بادشاہی    غریبن عاجزن رٕکھ پُشت پناہی

عرض بۆ زِتھ دیُتکھ تمۍ مالٕی رخصت    رٹن تمۍ ابنِ یامین بہر خدمت

دہن نیچوِین دِتن دہ اوٗنٹھ ہمراہ    بنام ابنِ یامین اکھ تہٕ گے کاہ

زکنعاں گیہٕ مصرس واتی یامتھ    داٗہوَے یوسفس نِش ژاے تامتھ

تمن کُن یوسفن وُچھ پرٕزناوٗن    کلاے مٕدرٕ رٕکنۍ مَس وارٕ تھاوِن

تمو پرٕزنووٕنہٕ یوسُف دراں حال    دپاں مُدت گوٚمُت اوت تام چلِ سال

پرٕژھک تمۍ یوسفن ہرکار اٚسو    قیاساً چھُس بہٕ زانن تُہۍ کتِکۍ چھِو

دۆپکھ تس اٚسۍ چھِ اے مِسکین پرور    چھ اٚسۍ از یک پدر داہ وَے برادر

دۆپکھ تمۍ شہرِ مصرُک اکھ شہادت    دِپن میے نِش تُہنز چھانہ یہَے کتھ

اگر پزٕ آسہِ تُہنزٕے راس گوئَی    لبو انعام و اکرام و نکوئی

تمو دۆپہس اسے یِتہٕ کانہہ نہ زانے    غریبن ہُند سُہ گُس فریاد مانے

پدر یعقوب سونٕے تھوتہٕ ساگن    چھُ کیاہ مولوم، باہم کھیوٚ سُہ گورگن

گبرأۍ سندۍ چھ اسۍ زٕنۍ کاہ باین    وطن تمۍ سُند چھُ درکنعان آسن

معاذ اللہ زِ جو سوی وزاں کار    پگاہ آسن سُمتھ ہرکار در نار

دۆپکھ تمۍ ییٚلۍ یِیو کاہ وَے برادر    نیو تُہۍ غلّہ مال و دولت و زر

حکم کوٚرنکھ اکھا رٕزِو......    گرٕ ھِو تُہۍ یِتھ بہ کنعاں غلہٕ تہٕ مال

سپنۍ لاچارٕ ترٕوُکھ قرعہ تہٕ فال    سُہ پیوٚ برنام شمعوں اندر آں حال

سُہ تھوُکھ تتۍ یتِکھ شاہن فلک چار    دہن باین دِتکھ تمۍ غلہ دہ بار

عرض کۆرہس چھُ بابس بیاکھ فرزند | بخدمت تتھ بہتھ دل خاہ دِل بند
چھ گٔہم اونٹھ تمی سُند ستی اُنمت | تمس کیُتھ غلہٕ اَنی زٕیم تمی چھُ وُنمت
دۆپکھ تمی غلہٕ اونٹن چھُس نہ بخشن | غلہ تس آدمس دِمہٕ یُس بہٕ ڈیشن
حکم کۆر یوٗسفن پھل ٹۆری ترٲویوکھ | گُنن منز ژورِ پھل ٹۆری تھاویوکھ
سرٕ کرٕ ہا یمن ہنز بو دیانت | دِنا پھل ٹۆری کِنہٕ کرنس خیانت
بحکم شاہ تہندی سوغات ترٲوکھ | گُنن یہنزن اندر پھل ٹۆری تھاوِکھ
گیہ پھیرتھ بکنعاں وٲتی یامتھ | سلامے نِشہ بابس ژاے تامتھ
وٗنکھ روداد یعقوبسٕ سراسر | تہِ بۆزِتھ فکرِ اندر پیٚو پیمبر
گُنو اندر پنن پھل دراکھ تامتھ | گیے حٲراں پیٚیہٕ اندر ندامت
دۆپکھ شاہس چھُ لازم ٹۆردیُن ...... | یتھس شاہَس دغا دیُن کرچھُ معموٗل
کۆرکھ ییلہِ مول برتمثیل آگاہ | دِتکھ تمی ابن یامین توری ہمراہ
دۆپکھ تمی اژی زِ بیُن بین مصرس | بلاشک خوف کری زٕیس چشم زخمس
گژِھو کرٔی مو توکل برخداوند | محافظ سُے چھُ تو ہہ ستین انہٕ وند
گیۓ ییلی بٲے سمتھ وٲتی مِصرس | کلاماہ کۆرکھ یکجا پادشاہس
نقاباہ دِتھ سُہ یوسف بیوٹھ برتخت | جواں صورت جواں طالع جواں بخت
پرژھکھ کمی یوسفن کم چھو وٗنو سٲ | چھوے ہیۆن غلہٕ ملی حاضر انو سٲ
دۆپکھ تس اَسی چھِ کنعانکی خریدار | برادر ستی اُن اسہِ، حکم سرکار
گُنو منزٕ دراکھ ییلہِ تس ٹۆر، وُن ہَس | ونتھ روداد تمہِ کے عرض کۆرہَس

تہِ بۆزتھ کھاُرۍ تمۍ تم برخانہ خاص
تِمن ءتِھین کۆرن انعام و اخلاص

شۓ خوان از خوان نعمت منگہ ناُوِن
کہن باین بہ دستر خوان تھاُوِن

حکم کۆرنکھ چھ دون بتہٕ تراوُن......
تِمن یِم یِم چھ از یک پِدر و مادر

دہو بایو رٔتِکھ پانژھ خوان یکجا
کنُے زٕون بیوٗٹھ یامیٖن، اوس تنہا

بگریہ ابنِ یامیٖن آو در جوش
وٕودُن واراہ پتھر پیٖتھ گوسہ بے ہوش

سپُن بیدار پرژھ نس یوسفن تام
ودُت کوٚ؟ دُپنہٕ تس مے بوے یاد آم

تِمس اوس ناو یوسف مالٕلی تھومت
دپَن تیُتھ حُسن چھنہ کاُنسہ باگہِ آمت

زٕباُے اُسۍ اُسۍ از یک مادر خویش
بہ زِندَ ے چھس تہٕ تس آو حاُدثا پیش

ستُے میٖے آسہِ ہم کھیٖمہٕ ہاو یکجا
کنُے بو چھس کُنے رٕودس بہٕ تنہا

غمہٕ تہندے گوٚمُت مائلس زرد رو
تنہٕ پیومُت چھُ ناپیٖنا بیک سو

تہٕ بۆزِتھ یوسفس گو درجگر خون
تُلن باین نِشہ پانس نکھ بیٚون

دٕوپُن تس لاگہٕ بو چونے برادر
کھیٖمو یکجا ژٕ تہٕ بو وٕوھ بہ بستر

اڈنگھ یِیٚلہِ خوان، خانس پیٖٹھ تھوک دٕس
وچھُن یِیٚلہِ دستِ یوسف پیوٗسہ سرمس

سٕہ پیٚو ہوشس گُن شاہس نے ڈل پھوٚل
ژٕے چھی اتھٕ یوسفس ہوٕ ہول مے ژوٚل

درآں دم یوسفن تُل پردٕ از روے
پرزُن تمۍ ابنِ یامیٖن پٕنُن بوے

دٕوپُس تمۍ ابنِ یامیٖن یہ ماخاب
بہٕ ڈیشِتھ چھس وُنم پوٚز گوس بے تاب

ژھینہ گومُت وچھُن یِیٚلہٕ بوے دلبر
برادر یوسفن تام روٚٹنہٕ در بر

دٕوپُس شاہَن بہٕ چھس چونُے برادر
یہ سرِ باین ژٕوٚنی زِنہٕ تام از سر

یہ بوٗزتھ تام مُہمس منز مرن تم — گلن دربیم جان، وحشت برن تم

دۄپُن تس بولدَ ے ناحق ژے تقصیر — ژٹتھ بایو منزے ژٕ، پی چھُ تدبیر

دۄیو بایو کوٚرکھ سُے مصلحت پوٚر — تھوٗس تمی ابن یامینن تہِ منظور

تو ے پتہٕ بو ے باین ووت ہمراہ — حکُم کوٚرنکھ غلہ توٗلِو ہیٚو راہ

یُسند یُس اونٹھ چھُو حاضر گژھو ہیتھ — لدِ و توٗلِتھ غلہٕ تس پیٹھ گنُن کیتھ

شہن پوشید پنہٕ نس مُحرمس وُن — کھٹِتھ تتھ گنہِ منز پیمانہ تراوُن

پتن مینن بانہٕ ژوٗرے تتھ گنہِ منز — ژھنگ یامَت، تمو کوٚر نیرنک سَنز

سہ باراوس ابنِ یامینن تلکھ تام — گٔیے مصرٕ نیبر سأری باتمام

سپاہ تمی یوسفن سوٗزِکھ بدنبال — رٔٹتھ، پھیرتھ انِکھ تم گے خستہ احوال

سپاہس کوٚرکھ واراہ زارٕ پاراہ — چھُ کیاہ تقصیر، پھیرتھ یُن دُبارہ

تمو دوپ ہگھ چھُو تُہی دُزدرہزن — سہ مینن بانہٕ شاہ سُند ژوٗرِ اُن ون

أنِکھ حاضر سُمتھ تم نش وزیرن — کرِکھ نالِش چھِنہ أسی ژوٗر رہزن

امانتھ دار أسی سأرِی چھِ بہتر — نبی زادہ چھِ أسی سأری برادر

چھُ گنڈ...... أتھرِ کھیوٚمُت )...... — زراعت کأنسہِ ہُند تھومت کھٹتھ ما

.......... أتھرِ کھیوٚمُت )...... — غلام شہہ سہ گو از حکم درگاہ

چھُ ژوٗرس سانہ دِپنہ حکم درامُت — کرُن داغِ غلامی تس چھُ آمُت

گنُن تہنزن اول گنڈ مُژرووُن — وچھن تم تھیلہٕ بیُن بیُن پتھ سہ تروون

نوپنہ ابن یامیُن وچھکھ بار — سہ مینن بانہٕ تامتھ دژاو یکبار

سُہ اوس از زر مُرصع با جواہر — چوٗن تتھ تریش یوسف اوس ظاہر

سپنٕز شرمندٕ سأری بأے زیٖں کار — کلہٕ بون کٔن ژھنگ ؤتھی گے شرمسار

دٔوپکھ شاہن نبی زادو یہ کیاشوٗب — پیمبر زادٕ کر کرِ ژٔور ہُند لوٗب

کوٗر کھداواکسب ژورٕ سنز چھے...... — ......أتھرِ کھیوٚمُت)......

چھِ گرٕمژ بأے أمِ سندی ژٔوراول — بٔنیس بأیس تہِ ژٔورے اتھٕ گو ژھَل

چھُ لیوٚکھمُت در مدارا سأیلا آو — دوہہ اکہِ سُے گرے یعقوبہ سُند ژاو

گرس منز غیر یوسف اوس نہ کس — رٔٹن کوکرا دٕژن تمی سأیلس پَس

نتہٕ وُن جامین پوپھِ ہُند کمر بُند — گنجانس ژٔورِ لتس باچلہ و پھند

دژکھ لتس ابن یامینس تمو پام — تہِ ییٚلہِ بۄز یوسفن حکماہ کوٚرُن تام

حوالہ ابن یامین کوٚرکھٕ پیادس — دٔوپُن لتس کری زِ عِزت شاہزادس

دٔہیو بایو جمع سپدتھ بہ یکبار — کوٚرکھ باشاہ یوسف تیز گفتار

بہ جلدی بوے سونےٚ اتھٕ تراوُن — نتے ہاووے تُندی زٔود تراوُن

سپنٕز اندر خشم تمِ واریاہ تیز — کلاماہ کوٚرکھ با یوسف جنگ آمیز

ژٕ نے اتھ تراوٕہن میونے برادر — بیک نعرہ گژھی شہرس برابر

اگر بو نالہ تراوے زٔود یکبار — سپنہِ حأملہٕ زنانن از شکم بار

غضب روٗییلہِ تُندُ ے یوسفن ژیون — پٔنُن فرزند تامتھ ناد دتھ نیوٚن

ژٕ تھوسأ دست خود بر پشتِ روتیل — خشم تمی سُند ژھیٖتہ گژِھ، کوٚرنہ تکمیل

تھوٚوس تمی دست خود بر پشت یامتھ — سپُن لتس نار خشمُک ژھیٖتہٕ تامتھ

دۆپُن باین مے موتِھہ لاگہ ہم دست | بہ جلدی از خشم کتہِ گوس بو مست
تمو انکار کۆرتس گوسہ غمناک | دۆپُن باین قسم از ایزدِ پاک
بہ چھس زانن چھ کانہہ از نسلِ یعقوب | بہ شہر مصر رۆزتھ تس چھِ یژھ شۆب
چھُ لیو کھمُت آلِ یعقوب بن خشم یام | یِوَن اوسکھ مَتھن پشتس اتھ تام
پتُن کانژھا گژھن تم از خشم پاک | دراں ساعت تمن تی فکرِ منز آکھ
چھُ لیۆ کھمُت در حق تم بار دیگر | خشم کھۆت رویلس بہر برادر
کرِن خاہش پھرے تخت یوسف | پتھر ووتھ تختہٕ پٹھ از بخت یوسف
تُلن رویل زورِ تمی بیک دست | تلن برخاک تھووُن گوسیٹھاہ پست
وُچھکھ زوراوری تمی سنز تمو یام | صلح زونکھ کرُن نرمی کرکھ تام
دۆپکھ تس ہے شہہ والا گرا روز | عرض اسہِ عاجزن ہُند بہرِ حق بوز
چھُ بابہ ابنِ یامین بہ خانہ | تمس وُچھ وُچھ لسَن تمی سندِ بہانہ
زمانس منز چھُنہ تیُتھ کانہہ تہِ پیرا | چھُ بابہ أمی سندے شیخ کبیرا
ژھینہ یوسف ینہ گوتس تنہ مۆد | تنہٕ تمی سے بدل تیمی ہے وُچھن رۆد
دہو منز رٹھ أکس چھے سون اقرار | کرِس داغِ غلامی چھکھ ژٕ مختار
ژٕ کرنیکی ونوأسی چون احسان | نشےِ بابس نتہ سپنو پشیمان
معاذ اللہ ونکھ تمی کر چھُ منظور | بنا حق کانہہ رٹُن تراوُن اتھِ ژۆر
سپنی تم یک طرف، در مصلحت آے | گژھو کۆت ییتی رٹو مصرس اندر جاے
یہ گے ژٕنی بے وفائی سأنی از حد | سہ یامین...... أتھرِ کھیۆمُت)

چھُ مائِلس ستۍ کوٗرمت عہد و پیمان ـــ سپُن اولودِ بێیہ از سون دامان

یہوٗ داہ اوس اوٚنٛتھس پێٹھ بہت چاک ـــ دوٚپکھ تمی چھِم یوان درفہم و ادراک

بہ چھس پێتی تھو گژھِہو ساری بہ کنعاں ـــ وٗنو بالتس اَنِس دیٚو حق بہ احسان

گواہ مصر کی تہٕ کنعانکی تھوانی نیوٗس ـــ سراسر سربسر روداد وٗینوٗس

اگر فرماوِیُن کنعان گژھو تور ـــ وِالا شہر مصرس منز یِمو یور

زبانی اَتی رۄدِ گے باتے بہ کنعاں ـــ دوٚنٛکھ بابس گواہ پێتھ حال گریان

تہٕ یوٚ زتھ حال یعقوبسٕ سپُن کیاہ ـــ کوٚرُن افسوس ترٛوٗن نالہ تہٕ آہ

قدِ سروس خمس پێٹھ پیوٚ تمس خم ـــ سُلی تس اَس بینایی گمٕژ کم

دوٚپُن یارب ودَن واٗتم چھِہل سال ـــ یہ کیاہ حیرت، یہ کیاہ حسرت یہ کیاہ حال

در آں دم آو تس وحی الٰہی ـــ قَسم چھُم از جلالِ کبریائی

بہ یوسف ابن یامین دوشوے تم ـــ گٔمتی از دارِ فانی آسہِ ہن تم

بہ کرِہکھ زِندِ زٕہس فریاد و نالہ ـــ کٔرِتھ زندٕ تمے کرِ ہے حوالہ

ازیں مژدہ سپُن یعقوب خوشحال ـــ اوٚے پتہٕ وُچھ روایت بیا کھ فی الحال

ازٕہس پس پانہٕ عزرائیل توٚت آو ـــ زیارت کٔرنہٕ یعقوبس نِشے ژاو

قسم دیت نس سوالا میون ونتم ـــ ژےٚ مازوٗ یوٗسفس کوٚڈھتھ تہٕ ونتم

دوٚپُس تمی حکم مےٚ حقن دِتُم نہ ـــ مےٚ چانس یوٚسفس وُنہ زوٗ ہیوٚتم نہ

تسلا شاہِ یعقوبنٕ سیٹھاہ تام ـــ دوٚپُن نێچوٗن کرِ وسفرٕک سرانجام

گژھِہ بائیس نِشے ............ ـــ ......اَتھرِ کھیوٚمُت )............

دتھ تمی خط لیکھتھ شاہس نیوسأ    تبرُکھ جان کینژ شاہ تس نیوسأ

پنیرو پشم و روغن کِنہ لدٕن تس    خطس منز بوز کیاہ احوال لیوٗکھنس

بہ چھُس یعقوب مے چھُم مول اسحاق    خلیل اللہ چھُ جد نبین اندر طاق

خداین انبیاہن امتحاں کوٚر    تمو در محنت و غم حق پٔن سوٚر

خلیل اللہ ژھٔنن در نارِ نمرٗد    بوقت نار تس کُن سُے رضا روٗد

تھوٗن اسحاق و اسماعیل غمناک    تمن تمی لاگہٕ نأون برگلو شراکھ

سُہ یوسف اوس فرزنداہ سیٹھاہ جان    سُہ نیو بایو بفرزندگی بہ میدان

اُونکھ تورٕ تُسند اکھ خونہٕ جامہٕ    دوٚپکھ رتھ رامہٕ ہونیوٗ چوس دامہٕ

دوٚپکھ اسہِ اُس غفلتھ نیؤ سُہ ہونیو    چھُنہ مولوم کِنہ ظاہر تمو کھیو

تتہ پیٹھہ تابہ این حرم گے چہل سال    وَدان رأوم عمر درسخت احوال

دَپن چھُس کرو چھِن یوسف دوبارٕ    بہ دوٚومت چھُس تسندے لولہ نارٕ

غمن تمی سندی چھُ کوٚرمت پشت مَن خم    گوٚمُت بادام چشمن گاش چھُم کم

برادر تمی سُندُے شاہِ ابنِ یامین    روٗٹھ ناحقے یہ کرگو دہن وأیین

زدُزدی ابن یامین پاک زانُن    نبی زادٕ چھُ سُے بڑی پأٹھی مانُن

اگر سوزک بہ جلدی میون فرزند    مے نِش روزکھ ہمیشے خوش تہٕ خورسند

نتہ سوزے دُعاحق میٗان بوزی    ستن پُشتن تمیک تأثیر روزی

خبر کردن شرط رسم خبردار    ٹِکن سوزُم نچو کر توبہٕ زیں کار

و وُٹن خط پتہٕ کوٚرنس تمی نشانہ    کوٚرن خط یٹھ نچو مصرس روانہ

خط مقبول حق ووت شہر مصرس — گوڈن بأے آیہ بأیس نش وۄنٹھ تَس

سمِتھ گے یوسفس نِش بأے ووٚن ہَس — تبرک مائلی سُند تس برونٹھ اُن ہَس

وۄنٹھ یعقوبہ سُند احوال ہن ہن — نِشے تس یوسفس تمۍ وارِ تھوٚو گن

کوٚڈ کھ نامہ تھوٚو کھ برتخت یوسف — سُہ بیٚلہٕ وُچھ یوسفن پیودر تأسُف

سُہ نامہٕ مائلی سُند بیٚلہٕ مۄہرووٚن — أچھو کنٛز خوٗنہٕ گٔے دریاو تروٚون

گرِن باین نصیحت با شکایت — تُہندِ اتھٕ کیاہ بدی أخر چھ کیاہ کتھ

تُلن تامت نقابِ آں روے خورشید — وچھکھ یوسُف، سپنٛز از جاں نومید

تمن تامتھ دۄپُن مے وارِ وُچھتو — کریاوَس بو سمِتھ آوارِ، وچھتو

خدائے پاک مٔیے پیٚٹھ گو مہربان — دِتُن مےٚ تاج وتخت و بخت سلطان

چھُ میونے مول بے شک شاہِ یعقوب — برادر ایں یامین چھُم تسُند لوٗب

تمنّا درجگر اوسم وُچھن کر — پتُن بابہ بیٚیہٕ پنٕہٕ نۍ برادر

چھُ بیکس گس وچھن کنہ کنہ ییمنا — بہٕ وَنہ ہس حالِ دل درشُن دیمنا

اگر گس آسہِ یوسُف بیکسن ہُند — ولیکن آسہِ تس پھیران گسن ہُند

چھُ مقبولِ الٰہی از حسد پاک

حسد زالن عمل چھے ہمچو خاشاک

برادر جملہ تس گن گلی گنڈتھ رۄدی — بلاشک أسی چھ عاصی وونی زِندے مۄدی

خطا کوٚرمت چھُ اسہِ ساری گنہگار — ووں بخشو، بخشہ وُن چھُ پانہٕ غفّار

ژٕےٚ تیمی دیُت نے حُسن تے تاجداری — وسیلہ سۍ اوٗنۍ کر پرِدٕ داری

دوٚپکھ تمی ہر گُناہ توبہِ دیُت وٕ اقرار
نوأزِش کُرنہٕ باین سارِنےٕ پیٹھ
دوٚپُن باین گژھو درشہر کنعاں
ہیٚو تہٕ جامہٕ میونُے تس نِشانا
مَتھے یام جامہٕ چشمس تس پیے گاش
دوٚپَن سُے جامہٕ دیُت مت تس خلیلنؑ
بچاہ تس یوسفِ اوس حکمِ منّان
مُدعاےُ جامہٕ ہیٚتھ کری تم روانہ
روانہ سوے کنعاں درایہ سأری
زعمران نانہ ہیٚلہِ گو کارواں دراو
زبوےُ جامہٕ ترکر مغزِ یعقوبؑ
بحکمِ حق سپُن باد صبا تیز
لگو دوٚپ ہس مُدت گوس چہل سال
دوٚپُن تمی حأضرن گُن چھم یوان بوے
عمر تمی سٕنز گےٚ در راہ و در غم
ستھ یا شیٹھ یا لیو کھمت چہل سال
دوٚپن کیٚنہہ شیٹھ دوہ تہٕ دراو آیات
تتھے درخانہٕ حأضر گوٚو یہودا

تمن دوٚپ تمی مےٚ بخشوٗ حق چھُ غفّار
غمس اندر پیٚنکھ شأدِی گیکھ ستھ
ہیٚو بابَس سلاماہ یُٹھ فراواں
یقین نے پژھ ییٚس امہِ کی بہانہ
توہےٕ ستین سُہ کرِنہٕ کیٚنہہ تہ پرخاش
خلیلنؑ سوٗزنس آں جبرئیلن
یہ جاماہ سور تم در شہر کنعاں
نشے مأژس بہ تدبیرِ شہانا
شہر گو خوش وُچھتھ اُشتر سوأری
سپن واوس حکم، تس ذاتہٕ سُند آو
چھُ تس وُنکین دماغس یوٗسفن لوٗب
کرُن تمی مغز یعقوبسؑ عطر ریز
نہ چھس ناواہ نشاناہ گوٚ یُٹھ کال
مےٚ از پیراہنِ یوسف بہر سوے
مَہ بر ووٗنی فکرِ یوسف تراو ماتم
......أتھرِ کھیوٗمُت)..........
تمن دون مأنکی پوتھرن گوٚ ملاقات
برہنہ پا و سر سپنیو سُہ پأدا

سُہ جامہ توحہٕ تمی مأژس نِشے اوٚن
موٗتھُن چشمن، سُہ پہنا تام سأپُن

در آں دم گوٚ سیٹھاہ یعقوبؑ دِلشاد
شرٛیو کوٚرسہ سِمتھ تس عرض و فریاد

گوناہ بخشِو چھُ أمی بے شک گناہ گار
تمن دوٚپ تمی مے بخشو، حق چھُ غفار

تتھے کٔر شاہِ یعقوبنؑ تیأری
بشہر مِصر ہیتی تمی ستی سأری

سوارا دراو سُے منزل بہ منزل
ژلن أسِس پئتم غم تس پھولن دل

سُہ یام نزدیک مصرس ووت یورٕ
باستقبال یوسفؑ دراو تورٕ

کٔرن أپینہ بندی شہر مصرس
بہ بُرِج ...... روانہ برونٹھٕ گے تس

دِپن یعقوبؑ ...... پتھ وچھن فوج
وچھن خُسروتہٕ لشکر حقہ سُند موج

تتھے جبریلؑ حأضر نِشہ تس آو
وچھتھ یوسفؑ تہٕ فلکن کُن نظر تراو

کرن تامتھ نظر فلکن وچھن فوج
ملأیکھ أسی لاران موج در موج

دوئی شُد از میاں یکساں حأصِل
سپنی تم در مقامِ وصل وأصل

دوٚپُس تمی یم مَلک چانے وُشاتی
وَدن یم أسی گأمتی آرٕ کأتی

یمو کٔر از تنہِ شأہی ژلُکھ غم
سپُن خوش زین تماشا کُل عالم

سپُن نزدیک ییٚلہِ یعقوبؑ و مُرسل
تمس نِش آو یوسفؑ پانہ نکھٕ تل

عزم کوٚر یوسفنؑ مأژس بہ تسلیم
کوٚرُس تاں جبریٖلن پانہٕ تأظیم

سلأمی ہُند کوٚرُن أمی عزم یامتھ
دوٚپُن تس جبریٖلن روز تامتھ

وچھن تمی بابہٕ، وٚوتھ از اسپ بون یام
کرٕس تورے سلاماہ مأژی تس تام

زمرکب وٚتھی پٔتھر عاشق تہٕ معشوق
تمن دون گو گُنے زُوتے گُنے ذوق

بشأدی تمیٚ روٚٹن یوسفؑ در آغوش — شرابِ خوش دِلی پانس کوٚرکھ نوش

دوئی شد از میاں یکسان حأصل — سپنٛی تم در مقامِ وصل وأصل

دپن مصره نیٚبر اوس یوسفس باغ — گیٚے تتھی منز چھٔلکھ تم مختکی داغ

کوٚرکھ احوالِ پُرسش پانہ وأنی — پتم سختی تہٕ محنت دأنی دأنی

توٚ پتہٕ یوسفن تس حال بوٗزن — پتم غم غوصہ تمی فل حال ترووٗن

برادر زادٕ أنِن برونٹھ کُن تام — کرِن رأضی تمن تمی دِتنہ انعام

تمہ أسس خیل خانہ مألی سٕندی — تمن بخشش دِژن تمی گرِی تہٕ گندی

پنٛنی سأری اندر مصرس بشأدی — کرکھ شہرس انٛدٕ وندس منأدی

خدا ضأمِن دیُت نکھ روزی نوشاد — زقحط و غم خدائن گرِو آزاد

کرِ و شأدی چھوے وقتِ سعادت — خدالیں روز و شب کرِی تو عبادت

پدر بیٚیہِ ماس أسس جایہ مادر — ہیٚتِن تم ستی تختس پیٹھ برابر

کوٚرکھ بایو تمس کُن سجدٕ شکُرک — چھِ عأجز أسی ژسونٛے پادشاہ چھک

یہٕ ییٚلہِ وُچھ یوسفن مألس ووٗنن یی — چھُ میانے خابہٕ کُے تعبیر وُچھ یی

ستارہ کاہ، زون تہ بیٚیہِ آفتاب — سمتھ ییٚلہِ آیہ سجدس مے دراں خواب

میٚیانہٕ وُچھ سہ معنی وارٕ ازنوٗن — کوٚرم کیاہ ذاتِ پاکن تی سیٚن توٗن

شُکر تس کُن لوٚدُس ییٚمی قأدخانہ — دِتُن میٚے تخت با تاج شہانہ

کرِن نہ ذکر چاہچ، کڈنہ از سَر — گژھن شرمند یم سأری برادر

کوٚڈک درخوش دِلی یکجا اندر سال — توٚ پتہٕ گو سہ یعقوبؑ با خدا حال

تمِس پتہ روٗد یوسفؑ زندٕ یژ کال    کرن تمی پادشاہی اندر آں حال

چھِ مقبول خدا تم زندٕ سأری

خدایا تھاوتکھ رحمت ژٕ جأری

وَنے تفسیرٕ کُے معنی گُراہ روز    وفات و موت یعقوبُنؑ کنو بوز

دپن یعقوبؑ ییلہِ گو شہر مصرس    باستقبالِ یوسفؑ گو پتہ تس

کرکھ شأدی خوٚشی تتہِ خاص و عامن    پدرِ فرزند یکجا أسی آسن

کرِکھ باہم ادا روٗزِتھ ژوداہ سال    بخور سندی و خوش وقتی و خوش حال

سُہ جبرییل آو تامتھ پیش یعقوبؑ    دوٚپُن تس تراوسأ وونی یوسفنؑ لوٗب

وُچھتھ یوسف تسنز بییہِ پادشأہی    تیأری کر گژھو کنعاں رأھی

چھِ تتہِ درقبرِ ابراہیمؑ و اسحاقؑ    زیارت کرنہٕ ژیٚنے گُن تم چھِ مُشتاق

لبی فرعون مصرچ پادشأہی    دِیِے سُے وارٕ دعواے خُدائی

ووٚنُن تی یوسفسؑ تمی تتھ رضا تھوٚو    رضا تتہِ مأنی پوتھرن برقضا پیوٚو

کوٚڈک یعقوبؑ اونٹس گو پتہ تس    سُہ یوسفؑ سوے خبر گیہ شہر مصرس

جمع سپنے یہ یکجا خاص تہ عام    گیے تم ستی یعقوبس گرٕہا تام

سُہ یوسفؑ گو مرض از پدر تاں    کنُے یعقوبؑ گو درشہر کنعاں

بہ کنعاں ووت ییلہِ آں شاہ یعقوبؑ    وطن ڈیشتھ ژوٚلس غم تہ دِلک لوٗب

پتھر ووٹہ پیٹھ یعقوبؑ ووٚتھ یام    بقبرستان گو سُے فاتحس تام

مراقب مُرسلن گُن گو سُہ مشتاق    وُچھن درخاب ابراہیمؑ و اسحاقؑ

دۆ پکھ تس أسی چھِ ژینے کُن انتظارس　　بجلدی وات در جنت بہارس

دۆ پن اونٹس ژٕ گژھ نش شاہِ مصرس　　بجلدی حال میونے وٕنی زِ نۆن تس

ییٚلے یعقوبؑ گو از دارِ فانی　　وصالِ حق سپُن تس مہربانی

سپُن زین واقہ یٔژ بیتاب یوسف　　دِلس تس آو مأیلس ماجہِ ہُند لوٗب

وچھن شہزادٕ قبر کھنن مُشک دار　　پرژھن تس واتہ کُس یتھ جایہ دٕہس دار

دۆ پونس نیک شہزاہ واتہِ یتھ منز　　بہ جلدی چھُس کران بوٗ تمی سُندے سنز

دِلس گے شاہ یعقوبس تتھُے رائے　　مےٚ یتھ قبرے اندر آسنٕی گژھم جاے

در آں لحظ فرشتہ برونٹھ کُن آس　　کوٚ ڈُن رُوحِ مبارک تس با خلاص

غسل دین ہیوٚت ملک تس آو جبریل　　کفن رُت جنتٕک وٗلنس بہ تجمیل

جِنازہ پوٚر فرشتو تس ہیوٚتکھ رَو　　بدن تمی سُند بہ ظأہر درلحد گوٚو

خبر جبریل ہیٚتھ گو یوسفسؑ تام　　بہ جنت ووت یعقوبؑ نِکو نام

تتھے یعقوبہؑ سُندے اونٹھ ظأہر　　سپنی شیٚچھ مأئی سنٕز اوُسس بظأہر

تہِ بوٗزتھ یوسفن کٔر نالہٕ زأری　　سِمتھ شری بأژ یم درخانہ سأری

ترٕیے دوہ درماتم وغم أسی روٗزِتھ　　چھُ دُنیا جاے فأنی، گژھ تہٕ بوٗزتھ

نظر کر سارِنٕے پیغمبرن کُن　　نصیحت سوے ژٕ کر پانس وَسہٕ وُن

بظأہر تا بہ ایں دم کُن اکھا روٗد　　بہ بأطن زِندٕ تم باحق چھِ موٗجوٗد

عبادت کر بہردم سوے معبوٗد　　لبکھ بدردٕہن و دُنیا گنج مقصوٗد

الٰہی ہاو مقبوٗلس پنٕنی وَتھ　　کلامس تمی سندس پیٚٹھ تھو اجابتھ

غٔن مقبولہ کر کوتاہ زباں وَٹھ
دلس منز یاد ہر دَم سُے خدا رٹھ

شبہٕ اکہ یوسفن تھوٚو سر بہ محراب | پدر تہٕ بیٚیہ مادر وُچھنہ درخاب
ہِنداکوٚر ہَس چھِ اُسی مشتاق ژیےٚ گٔن | بجلدی چون گرٛشھ ووٗنی یوری واتن
سُہ یوسفؑ ہِندرِ نِش گو تام بیدار | زلیخاے دوٚپن، تس گوٚ وغمک بار
زلیخاے دوبارہ ہیوٚتنہ ماتم | وُدُن راتس دُہس سوے اُس درغم
تمن تی اوس لیوٚکھمُت روز تقدیر | چھُنہ تقدیر حقس کنہٕ تہ تدبیر

چھُ مقبولِ خدا راضی یہ تقدیر
بجز فضلِ خدا تتھ کانہہ نہٕ تدبیر

صبح پھوٚل یوسفن گوٚنڈ جامہ دربر | شکارس دراو ستیٚن ہیٚتھ سو لشکر
رکابس پیٚٹھ لوٚ دُن کھور، آس جبریل | گرٛژھن دارالقضا چھُے کرمہ تعجیل
اتھس کیٚتھ دِتھ سُہ گوٚتس تام...... | مُشک ئمٕ تَتھ ہیوٚتُن رُوح دژاس ازتن
تہِ ڈیٚشتھ لشکرے تُل شور و غوغا | کرن گرِیہ مَلک تہٕ جنِ و انسان
کنیزٕ رے پرُژھ زلیخایے یہ کیاہ شور | دوٚپُن تس شاہ یوسفؑ ووت درگور
تہِ بوزِتھ ترٛیٚن دُہن سپنے سو بےہوش | دیُتس نارِ فراقن تس اندری جوش
تتھے پاٹھی ترٛیٚن دُہن بےہوش خاموش | پیٚون بےخود تہٕ توٚپتہٕ تس یوٚن ہوس
زبعد ہفتہ ییٚلہِ آس ہوش پانس | وچھن گاٚمژ لٹہٕ جملہ جہانس
دِتن نالہ، تُلن فریاد، فریاد | کوٚرتھ کیاہ ای فلک بامن یہٕ بیدار

یہ کیاہ، بوچھس کتیو، کتہِ میون مقبول    بزیرِ خاک گو گرنس بہ معزول

نباخن زخم ہا رویس زِلن اَس    پنجہ دِتھ رنجہ تتھ مویس کران اَس

تمو بادم چشمہ خون ہارن    رِون نالہ دِون، سوے پان مارن

کتیو سٹن سو سِینس اَس واین    طپانچہ بررُخ گُل اَس لاین

کتو' گو عاجزن ہُند یارِ غمخوار    کتو گولشکرن ہُند شہہ تہٕ سردار

کوٚتو فریادرس گو بے کسن ہُند    کتیتھ ڈولن چھُ تمی سُند تاج تہٕ گوٚند

کوٚتو گو! کونہ کرہس پاے بوسہ    گوٚتو گو! گوس ماسَن میون غوصہ

کوٚتو گو! کونہٕ تیُتھ حاضر گیس بو    کوٚتو گو! برونٹھ تس کونو موئس بو

کوتو گو! کونہ تس میٚنے سینہ دوزُم    میے کونو پان پنہٕ نِے برونٹھ موزُم

کوتو گو! شمع رویس بو کرس گتھ    چو پروانہ بو زالن پان تس پتھ

کو تو گو! تس بدل کونو مویس بو    دٔزس نارٕ تہٕ آوارٕ گیس بو

کو تو گو! میانہِ باغک سروِ آزاد    کتن کونو گژھن چھس میون فریاد

کوٚتو گو! غُسل تس پانس کُمیو دیُت    بدن نوزک چھلُن تمی سُند کمیو ہیوٚت

کوٚتو گو! تتھ تتنے کمی سن کفن کوٚر    کوٚتو گو! کمی سہ خاکس منز دفن کوٚر

کوٚتو گو! کونہ تابوتس دِمس پان    کوٚتو گو! کرتیم یوٚت بو وندس جان

کوتو گو! پان وندٕ ہَس نورٕ پانس    مےٚ دوزخ گوم جنت حورٕ پانس

کوٚ تو گو! لوکچارک میون آدن    وَندس تتھ قبرِ تل بو پان پادن

کوتو گو! چشم بادامن ژٕ ولم گاش    گیس نومید اَہم تمی سنزے آش

کوٚ تو گو! میون سُے یارِ وفادار    تسٕندی تمی دۄریری نارن گوٚنڈُم نار

کوٚتو مقبول میٚے گوتۄری لارس

کھورن تل پان مارس تیٚ بہ پرارس

زلیخا درایہ صبحس محلہٕ خانہ    بہ قبرستانِ یوسف گے روانہ

لزن از قبر یوسف خاک رویس    دِتن پنجہ کرِن انبار مویس

ودن چشمو، مےٚ رووُم گاش چشمن    رِوَن تتھ قبرِ پیٹھ یمبرزلاہ زن

غلاموتس ژۄنزو تُل نالہٕ فریاد    تُلکھ از ہر طرف بیداد بیداد

رٹن نالہ قبر نیرتھ ژۄلُس جان    شریو تہٕ نوکرو تل نالہٕ افغان

دفن تس عاشقس نکھ تل سُہ معشوق    کوٚ رُکھ عمرے تسٕنداوسے تمس ذوق

خدایا کرتمن پیٹھ فضل و رحمت    مُنوّر کر تہُند رُح تا قیامت

خوش آں عاشق کہ در ہجراں چنین مُرد    بخلوت گاہ جاناں جاں چنین بُرد

بیا مقبولہٕ کر پانس نصیحت

خدایس کُن ژٕ رٹھ ووٚنی راتھ دوہ وتھ

# ناجی منوّرنہِ کتابہٕ

1۔ناگہٕ راد (شاعری)؛2۔کُلیاتِ محمودٕ گامی؛3۔کأشری لُکہٕ بأتھ (جلد:اکھ)؛4۔شُرٛین ہندی بأتھ (جِلد:1)؛5۔شُرٛین ہندی بأتھ (جلد:2)؛6۔بأتہٕ گتھٕ (ایسوپ نٕین کتھن ہُند منظوم ترجمہٕ)؛7۔موکھتہٕ لر (شُرٛین ہندِ باپت دلیلہٕ، اوتار کرشن رہبرس سٕتی)؛8۔دُنیچہٕ دلیلہٕ (دُنیچن مختلف زبانن ہنزن مقبوٗل لُکہٕ دلیلن ہُند ترجمہٕ)؛9۔کأشُر گرامر (شفیع شوقس سٕتی)؛10۔کأشرِ ادبُک توأریخ (شفیع شوقس سٕتی)؛11۔نوّ و کأشرِ ادبُک توأریخ (شفیع شوقس سٕتی)؛12۔تہذیبُک توأریخ (شفیع شوس سٕتی)؛13۔ مألی سٕنزٕ چِٹھِ کورِ ہندِ ناوٕ (جوہر لال نہرو نٕین خطن ہُند ترجمہٕ)؛14۔ جولیس سیزر (شیکسپیر نہِ ڈرامہُک ترجمہٕ)؛ 15۔ کنگ لِیر (شیکسپیر نہِ ڈرامہُک ترجمہٕ)؛ 16۔رازٕ ایڈِپس (سفوکلیز نہِ ڈرامہُک منظوم ترجمہٕ)؛ 17۔ پُرسان (تحقیقی مقالن ہُند انتخاب)؛19۔کلامِ مقبوٗل امرتسری 20۔باغ و بہار (مولانا عطارٕ نہِ قصیدُک منظوم ترجمہ از صدیق اللہ سائِل)؛21۔کأشرِ ادبُک توأریخ (مفصّل۔شفیع شوقس سٕتی)۔

N & S

PUBLICATIONS